ناوٗ ........... رفیق احمد

قلمی ناوٗ ........ رفیق راز

زاجاے ......... سرینگر

پتہ ........... ریڈیو کشمیر سرینگر

ترتیب وتہذیب .... پرواز جان

سرورق .......... غیور حسن

خوشنویس ........ قاضی عاشق حسین (سوپور)

گوڈنیک چھاپ ..... سنہ ۱۹۹۵ء

تعداد ........... ستھ ہتھ (٧٠٠)

قیمت ........... اکھ ہتھ تہ پنژاہ روپیہ /=Rs.150

لائبریری ایڈیشن ..... زٕ ہتھ تہ پانژہٕ ہٹھ /=Rs.265

فیضان پبلی کیشنز باغات برزلہ سرینگر

# اِنتساب

- قِبلہٕ گاہ مرحوم علی محمد شمیرِ اک ہٕنٛدِ ناو
- یمی میانٛی جسمانی تہٕ ذہنی تربیت کرٕنس منٛز کانٛہہ کسر یرٕ بھاوٕ نہٕ
- یمی ہٕنٛز بسیار پاسل ذاتہ بچپن پیٹھہٕ جوانی تام میٔ غارٕ شعوری طور متاثر کران روٗزٕ۔
- یمی سٕنٛز تابناک عملی زندگی ہمیشہ میٔ بروٗنٛہہ کنہٕ شریعتکہ تہٕ طریقتکی رموز و اسرارٕ غارٕ شعوری طور گاشراوان روٗزٕ مگر افسوس میٔ لار لوٗ تِتےٚ یوٗتاہ بتٕر اوسُم۔

راٗتی راتس میٔ علامژہ تہٕ سِیہ صرژہٕ دِژن
گاش کنہٕ پھوٚل نہٕ دوٚین باو میٔ ونمس نہٕ رٕ کھنی

بہٕ چھس کاشرٕ زٲلو پیٹھ حال عاراں یا رسول اللہ

رٲے تیٚ کنہہ اچھ پیٹھ نچھہ پیٹھ چھس پریشان یا رسول اللہ

# فیضان حنیفہ تہٕ صاعقہ ہنٛہ خاطرٕ

## بیھنٛد

اکھ موصوم تبسّم میٲنۍ زندگی ہندی ہمتہ حوصلہ بخشان رۅد

أسی تہٕ چھ البم پھرس پھرس ژیرۍ وُچھان
اَسہٕ تہٕ چھُ اکثر یاد پیوان لوکچارتہٕ خابٕ

○

پٕژُونٕے دوٗدِتہٕ دگ ووٕتُم للہٕ واں یِٹھ کال
پٕژُونٕے حال چِھ باوان میانٔی پٕرنے متٕے شار

○

کوٗتاہ بچہٕ ہٕن قلمی نُسخہٕ تہٕ بُرزٕلی پَش
ببیٹھہٕ لوٗگ سانہٕ شہارٕ ژوٕ پلہ سے نارٕ بے نار

# فہرست

# میأنؠ کتھ

"نے چھسۍ نالان" چھ میأنؠ گوڈنیُک شارِ سومبرن۔ شاعری ہُنز شروعات کرٕ مےٚ یمہِ صدی کِس اُٹھمس ڈہلس منٛز۔ اَمہِ حسابہٕ گژھہ میأنؠ شارِ سومبرن یمہِ صدی کِس نوٛمس ڈہلس منٛز چھاپ سپدٕنؠ مگر کینٛژو ناگزیر وجوہاتو کِنؠ گو نہٕ یہ ممکن۔ بہر حال "دیر آید درست آید"

یتھ شارِ سومبرنہٕ منٛز چھِ تِم غزل تہٕ شامِل یِم میانہِ اولین اظہارٕکؠ نموٗنہٕ چھِ تہٕ تِم غزل تہٕ یِم بالکل تازٕ تہٕ ساعدٕ وارِچھِ۔ اَمہِ سِتؠ گژھن میأنؠ پرن والین بروٗنہہ کنہِ میانہِ شارِ سفرٕکؠ سٕنؠ وہ گنؠ روشن۔

پننہِ شاعری متعلق پانے کینٛہہ وَنُن چھِ معیوب، مگر اکھ کتھ چھےَم وَننؠ ضروٗری سو گیہ یہ زِ مےٚ کرٕ پننہِ شاعری منٛز پننؠ کِنؠ لَیہِ تہٕ آہنگٕکہ لحاظٕ وسجارٕ یادٕ کرنہٕ بابتھ مختلف بحرٕ تہٕ اوزان استعمال کرٕنٕکؠ شعوری

کوشش ۔ اتھ مثنز کتھ حدس تام چھُس بہٕ کامیاب رٲود مُت اَمیُک فأصلہٕ
ہیکَن حساس تہٕ ذی شعور پرن وأٲلی تہٕ پُرخلوص نقادٕ ے کرٕتھ ۔ !

رَفیق راز

# شُکرانہٕ

میانِین غزلن ہنٛز یہ سوٚمبرن "نٲے چھےٚ نالان" لوٚس لوٚتہٕ ہیہِ اتھن منٛز چھپیہٕ وانہِ ہیے نہٕ لوٚتہٕ ہیہِ نام کتابی صورتس منٛز ہرگہہ نہٕ کیٚنژن لفظن ہنٛز مائے محبت بیٚیہِ تہندی پُرخلوص مشورہٕ میٚیہ آیتن آسہٕ ہن مناسب چھُ زِ یہ کرہٕ تِمن مُخلِص لفظن ہند شکریہ ادا یِہندِ اتھہٕ واپہٕ ورائے یہ کِتاب چھاپ سپدہِ ہیے نہٕ۔

**پرٕواز جان:** ۔ یُتھ ناہ کلام یِتھ سوٚمبرنہِ اندر شٲمِل چھُ یقین کٔری زِ لوٚزِ اَمہِ کھوتہٕ زیادٕ گوٚ کیٚنژاہ میانہِ بدقسمتی کِنی کیٚنژاہ میانہِ لنساہُل پسندی کِنِ تلف۔ ہرگہہ نہٕ پروازٕ جان میانِین قائلین، کاغذاتن تہٕ ڈایرٚی ین زاعلی دِتھ میون بےترتیب کلامہٕ سوٚمبراوِہا تہٕ اتھہٕ شیرٕ یارٕ کرہٕ ہا۔ یہ کِتاب چھاپ سپدنس نگہن مزید وری یہٕ وادہٕ تہٕ ممکن اوس کلامک واریا حصہٕ گژھِہے بیٚیہِ تہٕ تلف۔ یہ چھُس اَمی سند شکرگذار زِ اَہندِ ءستی سپُد کتابہٕ ہندگوٚ ڈنیک تہٕ مشکل ترین مرحلہٕ طے۔ میٚیہ پیشتر اوٚ کتابہِ ہنٛز ترتیب دِنٕچ کٲم تہٕ کلامُک انتخاب کرنٕچ کٲم تہِ اَمسے لوٚس اَمہِ خوش اسلوبی سان انجام دِتٕ۔

**شازیہ گُل** :۔ بہ چھس اَمی سند شکر گذار زِ اَمی کوٚر پرواز س کلامہٕ سوٚمبراونس منز انتہائی مدد تہٕ دفتری کامن ہُند بور لوٚز راو نہٕ باپتھ روٗز ہمیشہ پیش پیش۔

**غلام نبی ھمدانی** :۔ صابُن چھس بہ شکر گذار زِ اَمی کوٚر میانین غزلن ہند مسودٕ خوش خطہٕ نقل کرِتھ صرف کینژن دوٚہن اندر تیار۔ ہر گہہ ولونِ یمہ سالم کتابہ ہُند "بلیو پرنٹ" تیُٗد یہند وے اتھو تیارہ غلط گژھنہٕ کینہہ۔ انتہائی مصروف آسنہٕ باوجود ہیٚتر یہ عبدٕ کأم یموٚ منٹِہ تہٕ واتناوِکھ اَسان تہٕ گنڈان اَنْد۔

**شفیق سوپوری** :۔ کِتابتکین تہٕ طباعتکین مختلف مرحلن دوران رودی میٚے اَمی ہندی مفید مشورٕ آیتن تہٕ یہندی تجربہ کارانہٕ تہٕ روٗدی میٚے پلزان۔

اَمہِ علاوٕ تِہ چھہ واریاہ مخلص یار دوست یِم رنگہٕ رنگہٕ یہ شارٕ سوٚمبرن مکمل کرنس منز مددگار ثأبِت سپدی یُہند شکریہ اداکرُن بہٕ ضروری زانان چھُس، یِم چھہ جناب گُلشن بدرنی، جناب سیٹھ رفیع، جناب طلحہ جہانگیر، جناب جاوید احمد شاہ۔ اَمہِ علاوٕ تہٕ چھہ واریاہ رفیق تہٕ شفیق یہندی موٚہلی مشورٕ میٚے وِزِ وِزِ رہنمائی کران رُدی۔ بہ چھس تِمن سارِنٕے ہند شکریہ اداکران۔

رفیق راز
ریڈیو کشمیر سرینگر

رفیق رازٕ چھُ مُترٛان طلسم خانَن بَر
سرۄد خوانِ چھےٚ سورملی نظر تہٕ خاموشی

رحمان راہی

بوزِ کُس شوقٕہ یہ سہلإ بہ صداٍ اچھٕر سُرک
روزِ کُس آرٕ بلکٕی پأٹھؠ اٹُل ہو، ہو، ہو،

# نعتِ شریف

گهاں چھُ نورِ رسالت مآب صلِّ علیٰ
چھُ روے خیرِ امّم آفتاب صلِّ علیٰ

ہیوان چھِ نامِ محمدؐ پھولان چھِ باغِ دِلکھ
مشک تُھکان چھُ مدینک گوالب صلِّ علیٰ

اِشارِ چانہِ چھُ سیٹھکلین تہِ وچھ گرژھان سائراب
امارِ چانہِ ونزان سیٹھکہِ تہِ آب صلِّ علیٰ

# نعت شریف

مومِن ہُنٛد چھُ ایمان رسولِ خداؐ
اُمتک جانِ جانان رسولِ خداؐ

معرفت بائے گراوان رسولِ خداؐ
عأرفن سیر باوان رسولِ خداؐ

پھیوٗر ریجہ ریگستان شاداب گے
رحمتک میوٗہ باران رسولِ خداؐ

بے نسن ہنٛد چھُ کیا میز بانا شفیق
لامکانُک یہ مہمان رسولِ خداؐ

بچاونہ رحمُک تہ کرُمُک طلبگار چھُس
اے شہنشاہِ شاہان رسولِ خداؐ

سأنٛی آلو بظاہر چھِ دم پھُٹؠ تہٕ کیا
سأنٛی اٚلو چھُ لوٗزان رسولِ خداؐ

پَرٕ زٕ ھؠنِن ہُند خدا سُے چھُ بعد از خدا
غمٕ زدن، راحتِ جاں رسولِ خداؐ

# نذرانۂ عقیدت

## بحضورِ امام عالی مقام رضی اللہ عنہٗ

ازل ابد چھُ گماں لا الٰہ الا اللہ | چھُ کینہہ نہس تہٕ شماں لا الٰہ الا اللہ

حُسینؑ ترٛیشہ دزاں لا الٰہ اِلا اللہ | فرات لہرِ ودان لا الٰہ الا اللہ

نظر نظر چھِ تچھان ئلی وبرٛ اُگی ژھایہ ولنس | اَچھر اَچھر چھِ پھٹان لا الٰہ الا اللہ

پلس پلس چھِ دِہن ہش او چھِ ہوا وکران | زٕمِش زٕمِش چھِ لیکھان لا الٰہ اِلا اللہ

قتل گژھان چھِ جگر گوشہ رسولِ خدا | حیا ژآے ہران لا الٰہ اِلا اللہ

دزان وُہاں چھِ سیکتسان تہٕ یار بل نابود | مگر امامؑ چھِوان لا الٰہ اِلا اللہ

صفس صفس چھُ پھبان لبس حسینؑ ابنِ علیؓ | یہ کُس لنفر چھِ دِیان لا الٰہ اِلا اللہ

رفیقِ راز دِیان یا حسینؑ لبس چھُکھ ژٕے | ہواوِ گرٛاے دِیان لا الٰہ الا اللہ

دِلس دِلس چھُ ژٕٹاں ترٛیشہ ہوت وجود تسند
رٹان چھِ تیر پران لا الٰہ الا اللہ

۱۹۷۳ء

# بحضور شیخ العالمؒ

گونٛے مٮ۪ے خدا نظرِ لبن تو تہٕ خدا ہیوٚ
وۄچھہت بہ اچھو وارٕ ژٕ چھک لا تہٕ الاہیوٚ

ہتھتراے کلہن وُژھ تہٕ ہوا ہرٕ دِہنس شرٛپ
کُس تام دِواں آو کُمِس تام نِدا ہیوٚ

کُن بھا و بِداکھن تہٕ نظر ترا و رفیقس
آلو تہٕ رٕنے ہِتہ چھُ اُمس دِل تہٕ تبا ہیوٚ

قدمن چھِ اُمس گرٛاے رُحس کرٛاے عذا ہیچ
چشمن چھِ اُمس ژھانپ وُچھن لور دُعا ہیوٚ

ییتھی چھا سہ وناں ژاریتی چھک سہ قرارس
ییتھ ہیرِ مہ وُڈرِ بیٛٹھ بہ وُنے کیاہ چھِ فضا ہیوٚ

یمہ شہر ژلیتھ آس تتیک حال ونے کیاہ
تمہ شہرِ وچھم وری یہ بدن اوّبرِ دماہیو

یا چھی مےٚ تمےٚ خاب اچھن لأری ونیک تام!
یا چھس بہ ممت یُتھ یہ جنتھ گو مےٚ عطاہیو

گژ تام اچھر چھم زمین چوٚنہِ جران چھس
لوراٴنی علمدارِ مےٚ باوُن چھ مداہیو

یا میاٴنی کشیرے چھنےٚ مےٚ کرژ سنگ بنےٚ مژ
یا چھس بہ ظہری روتہ گومُت نیوٗل ہواہیو

تھوٚو کھےٚنہِ مےٚ کُن گوش لیوٚتاں ہکی تہ ژھوکیم
وچھس نہِ لیوتاں گر دِشر وٚپس ڈیھرِ صداہیو

پالنس چھ وچھان تاپہ دیچ لوٗرِ کرامات
چشمن مےٚ موٚرکھ زوٗنہِ ورے زلیوٗمٹ شباہیو

یا مان مزارِچ منٛز خموشی چھےٚ ڈٕلِس تل
یازان ہٕرِتھ چھُس ہ پیوٚمُت بڑمجہِ کلا ہیو

نیران بہ گژھے واوِ طُفانن تہٕ کران سال
کھوژان بہ گژھے آلِ منٛزٕک جانوزا ہیو

تیٚلہِ آسہٕ ڈٕکس پیٚٹھ منٛز کراں سرپہٕ زرٕ زوٚل
از چھُس پہ دِواں وُنی زٕ میٚے تے اُوس تمآ ہیو

تیلاں چھےٚ تِمے تیمبرٕ اُچھن منٛز تہٕ رگن منٛز
پھلان چھُ لوٚہے سوچ صفن پیٚٹھ منٛز وبا ہیو

سأراب کرِتھ ڈراو ڈُکن رأسی میٚے کیٚنٛہہ گو
ڈٕری یاوِ یہ کیٚنٛہہ اوس لیکھِتھ گومتے سزا ہیو

یا چھُ نہ برُن میون رنیومُت یہ ہلم ژٹیے
یا چھُم نہ لگان ڈیڈِ تلےٚ یُن منٛز گدا ہیو

منز باگ جلوٗسس ژٕیی ہتو یوہتس تہٕ خبر چھم
از زانہِ خدا کیاز گوٚمُت چھُس بہٕ جدا ہیوٚ

پر ہیتھ طرفہِ درِتم وٗنی تہٕ سینا وُوے ہنا اچھن کینہہ
ٔپزی پاٗٹھی علمدارِ ژٕ چھُک لاہ تہٕ الاہیوٚ

اُسمان تہٕ وچھہ مے ژٕیی نمان براندٕ کنِن ہیٚتھ
کلۍ کٹی تہٕ پران وُچھی منیٚ ژٕیی کُن حمد و ثنا ہیوٚ

وونی گوٚزھ ہنہ تھلتھ کانہہ تہٕ پوٚہل سونہ تہٕ منیٚ والُن
روزُن بہٕ گوٚزھس نیوٚل دوہے ویلہ پنا ہیوٚ

بوزُن بہٕ گوٚزھس وارِ پنُن سوز تہٕ پانے
آسُن بہٕ گوٚزھس نیم شبک ماچھ گنا ہیوٚ

مٔشری مٔشری بہٕ گوٚزھس گیر گرٕ ھُن ماٗری فتس منز
مٔشری مٔشری بہٕ گوٚزھس شُشنہ تہٕ سُرن گردِ ھیوٚلا ہیوٚ

---

ا؎ سنہ ۱۹۷۲ ءہس منز آو ژارِ عظیم الشان یوم علمدار منا وِ نہ ییتہ منز میٚے وُبر منز گوڈ یچھنہ لیٹہ شرکت کرنک موقعہ آو دِینہ (ر۔ر۔)

سوٚ نہارٕ ی سوٚ خن وارٕ جرُم ترِ یشہِ وُ ہھٹ پینٛٹھ
انہارٕ ی موٚ کھن پینٛٹھ تہِ مرُم رنگِ حیا ہیوٚ

اظہارِ دِتم تیٚتھُی زِ گرٛ ژھن سِپٕر خوٚ دافاش
گُفتارِ دِتم تیٚتھُی زِ وزِ بم سوزوٚ سما ہیوٚ

پوشُن مےٚ گوٚ ژھم وٕری یہِ بدن نا و شبابک
گزرُن مےٚ گوٚ ژھم شام تمہٕ ستی بہ بچھا ہیوٚ

شوٗلُن بہٕ گوٚ ژھس رٕ وٕ دِ نترٕ ٹن واوِ ژ بخٕن منز
پرٛزلُن بہٕ گوٚ ژھس ظلمہِ گٹن منز تہِ شما ہیوٚ

بخشُو مےٚ اُچھن جلوٕ شُہیل دِ یوٚ بشارت
نیرُن بہٕ گوٚ ژھس شہر کُنتھ نغمہِ سرا ہیوٚ

منگہِ ہےٚ بہٕ منگُن ہیوم مصیبت چھُہ کلس پیٹھ
چھُکنےٚ ژ خوٚ داکینہہ تہِ وُنکس چھُک ژ خوٚ دا ہیوٚ

دٕ وٕ چھِ کران لُکھ تہٕ فنس چۄنہٕ جران چھم
یِم لُکھ متےٚ دِواں زانہٕ خوٗ داکیُتھ یہ اِزاہیو

لُوٗرأنی علمدارِ پننُن لُوٗر عطا کر
آلَو مےٚ دِ تُےٚ لولہٕ یہ آلَو چھُ سِیاہیوٚ

غزلَس چھُ پننُن پرٛوٗن ژھوٚچراز تہٕ انان سیت
دوٚنی گوٚ میےٚ بچاوان چھُ پننُن طرزِ اداہیوٚ

◯

○

یتھے چھ باگہِ یوان کُس مَزرٕ تہٕ خاموشی
سران چھُ زندٕ زُوے کُس قبرٕ تہٕ خاموشی

ژُہ پٲری زنتہٕ یہ چُونے نظارٕ بیٚیہ ہٕ کھنی
ژُہ پٲری زٕنتہٕ یہ میأنی نظرٕ تہٕ خاموشی

نہ قافلے تہٕ نہ رہزن نہٕ منزلے نہ پڑاو
یہ داستان چھیٚہ مو خصر سفرٕ تہٕ خاموشی

سُہ نار لوٗگ زٕ وَنے کیا سُہ مارٕ گو مہ پرژھے
کُنی کہتاہ چھیٚہ وون باسان شہرٕ تہٕ خاموشی

شبک پہاڑ ژٕٹھتھ اکھ دُعا مے اوس منگُن
خدایہ کرتہٕ عطا اکھ سحرٕ تہٕ خاموشی

جمال چُون چھُ کھسہِ وُن سری تہٕ نورٕ بے نوُر
خیال میٚون چھُ سیاہ سرٕ تہٕ خاموشی

(مئی ۱۹۹۵ء)

○

○

لگہٕ تہٕ لگہِ دام کُنے تاپہٕ سرن لررٕ بدن
وُپہرِس بأگی فقط ژھایہ نژن لررٕ بدن

متی کتھن لوٗکھ اگر وارِ سنن لرزِ بدن
سیٖرِ اسرار نمودار گژھن لرزِ بدن

کوچہٕ پتہٕ کوچہٕ پھِرن پوش کرن زوٗل ژٕہ پأری
میأنی پڈ̆ی آکھ کرامات کرن لرزِ بدن

لوگتھس یارِ بہٕ وأران جہاتن پہٕ کمن
جیأنی آواز اگر گےٚ نہٕ کنن لرزِ بدن

طاقچس بیٹھ چھہِ ہیو طوطہٕ سبحان خوب مگر
جیٖرِ ہےٚ آکھ شیشس بولہِ کرن لرزِ بدن

داغ لگمتی چھہ یمن اُد نگجہ ٹینڈٕ ین توتہٕ نیٹھٕے!
پھیرٕ ہے بیوم تتٕن شٕبن تہٕ ستن لرزِ بدن

دی نہ یوٗد قافلہ سالار پڑاوک تہٕ حُکم!
خٕمہٕ نے لیکھِ سٕہ وٲناکھ وتن لرزِ بدن

○

۱۹۸۶ء

○

ترٲوِنم بلی نظر بلایہِ أمِس
دۄن اچھن منٛز چھ تاپہٕ کرٛایہِ أمِس

بوٗوٕہِس حال بر ملا سارٮ۪و!
وُچھ نہ کأنسی تہٕ آیہِ وایہ أمِس

کامہٕ دِوزورٕ زارٕ رام سُید!
پیوٚ پرُن وعظ آیہِ آیہِ أمِس

گھنٛٹہٕ وادن چُھ بس ژھٹان خوشبو
سوٗچنک آے میانہٕ آیہِ أمِس

دُور برٛزان چُھ آفتابکی یأتھٕ!
گتھ کران زنتہٕ میانہٕ ژھایہ أمِس

أمی سنٛدی گیت حض گیٛوان سأری
زٕلو چھیٚہ وِزٕمژ ٹلکو کرایہِ أمِس

کینٛہہ دِپان قسمتک کھیوان چھُہ نگرا
کینٛہہ دِپان رحمتک چھُہ سایہ أمِس

وُنہٕ چھیٚہ دأرِتھ ہلم یِہ آزأدی
اِکتی جانانہ لگی بلایہِ أمِس

جون ۱۹۹۵ء

ترأوِتھ ژۄلُم یتہٕ آوُنہ پھیرِتھ سُہ یار میون
وۄژھ ترِژھ گرد زِ غاٮ۪ب سپُد شہسوار میون

ییتھ تاپہٕ کرٛایہ مشرٕ یہ زمین گےٚ نہٕ تر کھٔنی
گوو دامنس شرٛپھتھ یہ اشکٕ آبشار میوٚن

ژھوٚپی دوٚپی اچھر وُداسی ورق، نوٗقطہٕ دم پھُٹی
تگہِ یتےٚ پرُن تہٕ پٔرِی زِ لگےٚ حالِ زار میون

لَس تام وأژ کونہٕ اِمچ ژھھٹہٕ بہ کیاوَنے
میٚتی لوٗت رٔژد سوٗزی کران کیازِ نار میون

کے حال ترٕ مجہِ کلَ بہ ہرِتھ آسِہ ہےٚ پیوٚمُت
باسان امس چھُ ونتِہ فقط انتظار میون

از کل رفیق رازٕ تہِ وُچھمے گرتھان غوٚطن!
از کل چھُپی نہٕ فکرِ تران لَس نہٕ شار میون

مئی ۱۹۹۵ء

نے خاب نے خیال سحر پھوٗل نہٕ وڑایہٕ راتھ
میانٕہِن اُچھن اندر چھہ لبسان زن کرایہٕ راتھ

یتھنے چھُ آفتاب نہٕ اندرِ گلِتھ گژھان
گوڈنیک سفر سٕہ اوس میٚنے یتھنے لجایہٕ راتھ

آخر نہٕ چانہٕ آیہٕ منصف راٲژ وڑایہٕ زوٗن
نازل گیایہٕ شامہٕ پتے کم بلایہٕ راتھ

کیاہ تام اوس دوٚہلہٕ سیدمُت نہٕ زانہٕ دے
حرکت کران آسہٕ نہٕ سرساوی ژھایہٕ راتھ

سوٚت سوٚت ہوا نہٕ لو نہٕ ژیخ لے نہ ہر صدا
خاموش آسہٕ گامچ ماتم سرایہٕ راتھ

یِتہٕ اوس یُو شہید گومُت بیاکھ نوجوان
سٕہ ہی ژیٚنے کُس نہٕ ہوش کمِس اوس بایہٕ راتھ

۱۹۸۹ء

○

قرار اوس نہٕ تس زانٛہہ سہ اوس منظر ہیو
نژان رُود ژٕ وا پأری مُشکِ ادفر ہیو

کھسان چھیہ زوُن گرٛدھان بٔرأنتی پرٛیٚتھ اکس چونے
لگان چھُہ شاہہ پےتے سانہٕ گامہ بازر ہیو

بہ چھُس وٕل پوٚرہٕ بنیومت تسند مزاج شناس
گٔھے سہ عأنہٕ قیامتھ گٔھے سُہ دِلبر ہیو

یہ کَس چھُہ لوکہٕ مُتس ستی وٕنی گرٛدھن نابوٗد
یہ کیٛا چھُہ سوٗن شہرٕ کُن لیکان سمندر ہیو ؎

یہ دِہٕن گذأری مسلسل قیامتاہ چھیٚہ لگے
شبکِ شباب تہٕ باسان چھُہ روزِ محشر ہیو

یہِ کاینات چھِ چیانی تخیلچ خوشبو!
یہِ آسمان تہِ چھوٗنے خیاٲلِ شہپر ہیٚو

نصف شبس مےٚ جسارت کٔریاو خالبس منٛز
مےٚ کوچہِ کوچہِ نژان وُچھ ستارٕ لشکر ہیٚو

○

سنہٕ ١٩٨٩ءٕ

○

ٌلکھ یوّد چانٛین لوٚلوٚتوے لوٚلوٚتوے کیتھن سنٛن
مانے کیا گوٚ صحراون منٛز ناگ وٗزن

کس ؤنی دِی دِی صبحٔے گوٚ ہلکاری ہوا
کس پتہٕ دوراں شنأشش چھ گھٔشرمٕژ یارٕ بلن

أسی چھ مسأفر نیب لِشانے روزنِہ سون
أسی چھ مراں پیرٕ ہتھ جایہِ کرِو کتھ جایہ دفن

گوڈو چھ مأدانن پیٹھ کم کم بنٛگلہ بنے یہِ
لوکن ہے زانٛہہ کأٗلی سمٛن پیوٚ کتین سمن

برگ برگ شیہجارٕ بہ سوٚ مبراوِتھ تھاوے
ہرگہہ منٛز رہنہٕ کالہِ قداور بوٚ نہِ ہرن

میٔنہِ نتہٕ چھےٚ سنٕخ وٲراگ وتھان نیران وبٲلی
ژییٚ نتہٕ چھُپہِ آنگنُ باسان صحرا زونہٕ شبن

اندریُم جیٚر گٔیش داربو کٔنہِ بھٹۍ بھٹۍ نیران
نیٚبتہٕ نٔنہِ آلو سٲئنہِ چھِ بھیران کمن وتن

کُنہِ کٔنہِ پےٚ چھُہنہٕ میلان سیدن وول چھُ کیا
ژُھوپہِ دوٚپہِ سرفو نال چھُہ وولمُت قلندرن

ہوش کرو شہزادی گرژھم مس نِنٛدرِ بیدار
ٹھاک چھُہ تیتھ بکھراوِ نہٕ جاناوار پکھن !



۱۹۸۷ء

○

ژٕ آوارٕ سوٚرٲلی نزا کیتھ وٕنے کیّا
میٚے چھُم دِل کران زاگ ہیمہٕ ہے ہیمے کیّا

بہٕ چھُس ژٕ ترٕ واوٚرٕ گوٚنہگار ژھایُت
ژٕ اسمانٕی آلو کنوٚ ؤنی دِمے کیا

یہٕ ماسوٚنتہٕ مہرٛینی چھِے پوزایہِ دراٚمژ
دِوٚرِی دِدوٚ تہس لجہ یہٕ جافرٕی پھُلے کیا

ہلم دأرٕ ہتے چھا میٚے لوٚسُن ہِتے کٲنی
کنس تل ونکھٕنا میٚے لوّت لوّت منگے کیا

ژیٚے چھُے چشمہٕ ناگن وزاں تمبرٕ سہلاب
بہٕ چھُس لووٚ آسُن بہٕ ٹارٕن کھسے کیا

میٖے دوٚپ تارکن منز ژٕ سپید کھ نمودار
بٕصف رٲژٕ تاں چشمہٕ روزم وژھے کیا

میٖے چھےٚ سونٕتہٕ کالی کجبر باگہٕ آمٕت
کلیو درد باعٕش اچھر آلوے کیا

○

۱۹۸۶ء

○

اَچھن منز چھُ زہ زراں بُتھن ہنٛد گلستان
پدٕن تل چھُ وہ پدان ژٕہِن ہنٛد بیابان!

کھٕوِن نابہٕ وُہوُن شریرٕ پیٛشس پیٛنٛھ
دیان اڈبرٕ لٔشس اکھ چھ واوس اویزان

کران اعتبارس چھُ متہٕ میون آسُن
بےٚ رنگ ژھالے جسمچ رنگن منز چھیےٚ پیران

یہ کُس تاپہ کرٛاین چھُ ژٕہی ژٕہی کڈان زُو
یہ کَس ترٛیشہ پیومت چھ اَندریم سیکستان

ینٛبرِ کنہٕ ووٕل پیے ہم سیہ رٕوٗد پیٚتی تن
متےٚ کیا خوفہٕ سیتٕن مے رُم رُم چھُ زوتان

سُہ تے دراو اٰخر سیہ ژھاے وۄہیچ!
مےٚ راۄر وُمریتھ پَلس پان چھاوان

یہ وۄشلن یہٕ وۄشلن جنر درٚوگ پیہِ ما!
ژٕ میائنِس پھرِس تل سری تاں چھ شیہلان

عکس چھُس خیالک نقش چھُس کلاکھ
دِیوانہٕ چھُس کاہنہٕ ژٕ چھاوہم سنگستاں!

ہواوس چھُ شی شی دوشاں شنہ یہس منز
ہردی زد وجودس چھُ رُم رُم اویزان

اگر کُنہ شیچھا آسہ ہے باوِ ہے نا!
رفیقس چھُ راہٕ ہے صبح و شام ژایان

(اکتوبر ۱۹۷۳ء)

پرٕ بتھ صفس پیٹھ چھیٚ نغمگی وٕوران!
پرٕ بتھ بُتھس پیٹھ چھیٚ زندگی بھیاںگان

پرٕ بتھ گرس منز چھُ موکلن ہند راج
پرٕ بتھ کُٹھس منز چھےٚ بےٚ بسی ووپدان

چانہِ دھیانُک سُہ پل چھُ ونتہِ پہلے
میانٕی آلو چھِ وُنتہِ ٹکراوان!

از چھُ باطل نہ حق پرٕستے کاہنہ
خونہٕ قطرس چھُ کربلا کریشان

ییٚتہِ چھُ دٔہدشن یہ قتلِ عام گژھان
شام گژھنے چھُ شامہٕ رٔون پھولان

از بہ دٕراسے نہ منگنہٕ اچھرٕ زٕ کامھ
ہوٗنی لشکر چھُ پَتھ کُمُس وۄراں

تالوٗس پیٹھ سری چھُ پھُہرٕ دِواں
آنگنس منٛز چھیٚے ژھایہ میٚنی زاگان!

سریہ زن چھس نہ لتوٗتہ سٕرِکی پاٗٹھی
شام تامتھ بہ پان چھُس چھکران

میانی وحشت چھ کالہٕ اوٚبرس پیٹھ
ژانگی لیہِ عستی ناو لیکھناوان



(۱۹۷۴ء)

○

رائِتھ اَسٕس گٔٹ تہٕ تُلُن واو میٖٚے وۆنمس نہٕ کہنی
ژٲنگی لیہِ سیتی لیۆکھُن ناو میٖٚے وۆنمس نہٕ کہنی

از تہٕ وچھنس تہٕ وچھان روٗز لیۆتاں چشمہٕ لَجِس
زنتہٕ وۆنم زِ ژہ ہتس یاو میٖٚے وۆنمس نہٕ کہنی

کُلی گوڈس تل میٖٚے پڑ ژُھن از تہٕ چھوا زوٗل کران
لبِنجہٕ بیہٕتھ اوس بہتھ واو میٖٚے وۆنمس نہٕ کہنی

رٲتی راتس میٖٚے علامژ تہٕ سیاہ ځُرژ دٲژن
گاشس کُنہٕ پھوٗل نہٕ دۆیُن باو میٖٚے وونمس نہٕ کہنی

اکھ دِما بیۆٹھ میٖٚے نشس آرٕ بلِس بیہٕتھ تہٕ وۆنُن
پۆت نظر دِیِ نہٕ یہ دری یاو میٖٚے وونمس نہٕ کہنی

تاپہٕ صحراو لوٚدُن بارِاٹھس ژھایہٕ ہُلیس!
وارٕ وُچھہٕ مے پٕہ سیوٕدٕے وٕژاو میٚیے وٚونمس پٕہ ،کھنی

تَس بتہٕ زن کوچہٕ پھُرے اوس گوٚمُت میانٕی پاپھُٹ
کوچہٕ منٛزی کوچہٕ گلٛہن ژٕاو میٚیے وٚونمس پٕہ ،کھنی

شکوٕ بس شکوٕ صرف شکوٕ شکایات کرِن!
اَتہٕ گُل زنتہٕ پھُلِنہٕ آو میٚیے وٚونمس پٕہ ،کھنی





ژ ییٚ چھٕے کُنبرٕ تہٕ لبی کُس ووں جایہ جایہ نِصف رأژ
بہ چھُس کُنے تہٕ دِسکھ نامیٚے نِش خوٚدایہ نِصف رأژ

ژ ییٚ ماپتاہ زِ وبھجی دوٚہہ أچھن گیاو کمِس گاش
ژ ییٚ ماپتاہ زِ یمِس کمی موہ ہر تجایہِ نِصف رأژ

یہ کیاہ چھہ نِندرِ مِتی یأتی بول بوش کران لوٚت
ہمُن ہُشار دِلن تے وَحٕ وژھایہ نِصف رأژ

یوٚژھمٕ تہٕ زونہِ گرِم خاش تے وُجارٕ کوٚرم نب
یوٚژھُمَ تہٕ لوٚد کرہم یوٚچھ تایہٕ کژایہ نِصف رأژ

کیٚنہی کیٚنہی نہ یوٚ ہے نار ہیوٚ بھچاو لبن ژوٚن
ہیتھَے سوہ نورٕ برُژ یادِ ہش پیٚیایہِ نِصف رأژ

شُبک پہاڑ ژٹن وأ ٲلی سرِ یہ لوٚب نہٕ وینِکُ تام
دۄٚہک کلاے پُٹن وول لوٚگ بلایہ نِصف راٚژ

سہل بنیاو اُسی دون گیا یہ ذوٚ زُرِ بینچ باٗشہ
ہواوِ گٔرایہ ورأ ٲیی ہٕرِ ہتھ بییٚیایہٕ نِصف راٚژ

یَشِس بیٚٹھن چھُ وزان قطرٕ قطرٕ رۄٚد بینک ساز
کُٹھس اندر چھیٚہ نٔژانِ سۄرگٕ الیسرایہ نِصف راٚژ

اشارٕ گوس تہٕ لہرِن مکانٕ پہرِ دِگرَ تام
وُجارٕ گو تہٕ لبساوِن لوٚے سرایہٕ نِصف راٚژ

۱۹۷۵ء

بہ چھُس ژٕہتھ تہٕ خیالن چھیّہ لار لار دوٚہے
خبر یہ کوٗت چھُ گژھان ییٚوُل آ بشار دوٚہے

رسیٖلؠ ہوا ژیے ماسہ شاپھ دِتھ چھُ ہتھن ہتھو مت
کرٲئی گردِ غبارس وُچھُم قرار دوٚہے

ییٲری میوٚن بوچھیومُت بدن تہِ اوس کھمان
ہُیٲری اوس نہٕ آسان تمِس نہٕ وار دوٚہے

ژٕہے یوٚہے میےٚ وُچھے ملھہ اَچھو ژھٹان سبزار
ژبیےٚ رُوحچہِ وارِ چھُیا گاشران بہار دوٚہے

رفیقؔ راز منگان تِرژھہ ملاز میتھ چھُ دَیِس
زِییوٚن گوژھُس نہٕ وُچھن ہلہ کھُہک مزار دوٚہے

سنہ ۱۹۷۹ء

○

نظرِ لوٗگ ٹُکھ تہٕ گیم عقلہٕ بقل ہو، ہو، ہو
شش جہت روٗو تہٕ ییھاٚے یہ وُنل ہو، ہو ، ہو

ہاوِنَم اَنہٕ تہٕ لوٗوُے پری یہ محل ہو، ہو، ہو
لوٗ نہٕ مشراز تہٕ نِنم راتہٕ موٗغل ہو، ہو، ہو

بوزِ نُس شوقہٕ یہ سہلا یہ صدا اَچھر سرٕک
روزِ نُس آرہٕ پلکی پاٗیھٹی اٹل ہو، ہو، ہو

ساٗئیلس کیاہ شہٕ نبٚصف راٗژہ صدا لایہ مگر!
خَابہٕ شہزادِ کَرِتھ نندرِ خلل ہو، ہو، ہو

ییُتھ نہٕ کانہہ لوٗشش لباہ ییھیرہٕ سنگستانن منز
ہیُتھ نہٕ ییہ لیٚکھنہٕ پلن میاٗنی عمل، ہو، ہو، ہو

ژھایہِ رودس بہ نِنی کرایہ شہلی آیہِ پران!
دژایہ بے وایہ لَوی ترایہ وَرَل ہُو ،ہُو ،ہُو

از تہِ واُران کُھٹِس ژایہ نہٕ کیشھہ نِندرِ پری
از تہ سِر ساٗے وتن پھیرِ دَگل ہو، ہو، ہو

کیشھہ نِہس منز میٖنے رفیقو سہ عجب رازٕ لوٗبم
ژھایہِ تل پیاو اَبَد زاو ازل ہو، ہو، ہو

○

جون ۱۹۷۵ء

لۄرآنی رۄپہ پی زِ شما دِی ز راتھ کیٚت!
پۄنپرۍ عذاب راہِ خوٗدا دی زِ راتھ کیُٹ

سوٗرِ نی گرٛتھم ہۄ آتش ژٕ تھوی زمہ یہ برقرار
رژھ کھنڈٕ میٚے دوٚہلہ دِی زِ رژھا دی زِ راتھ کیُٹ

ییٚلہِ وتھرِ سِر صدا ژٕ کنن باسِہ بور ہیوٗ
تمہ ساتہٕ میانہِ ناٗوِ چکھا دی زِ راتھ کیُٹ

اکھ پی زِ بہہ ز دی زِ سخاوتھ تراوٕ تچ
بیٚیہ ہنہِ آسنچ تہٕ پھرژھا دی زِ راتھ کیُٹ

اُفتابہ لۄ سِتھٕے پہ دِمے نارہ پوٚت وَلس
تیشل کُلِن ژٕ نیوٗل ہوا دِی زِ راتھ کیُٹ

لۄس ژلیش دہی دوہس میٚے اچھن منز بنیہ نار
سوٗے ژلیش ہمنہ برٛۄنہہ ژٕ دغا دی زِ راتھ کیُٹ

۱۹۷۹ء

واوُک وٕہرأگی واکھ وٕشرارکھ وژُن وَنیوٕس
گوڈنیتھ کرِیوٚن لوٚد شہٕ گلفام "کُن" وَنیوٕس

اچھرک پوشاکھ نالہٕ کٔڈِو میأنِس آلوس
روٗتُل چھُہ کوچہ کوچہ ہٕسنگاہ نَشُن ونیوٕس

راتھےٚ حکم میٚے دٕراوِ گٔژھن وونی چھُہ غرقِ آب
کانٛژھا اگر چھُہ قطرٕ سمندر بنُن ونیوٕس

چھُم پھیری پھیری یاد پیوان یاد پاٶی لوس
بیٚیہِ یاد پییہِ تہٕ یاد پیوأنی مَشُن ونیوٕس

"میں عندلیبِ گلشنِ ناآفریدہ ہوں"
کَن تھاوِ یوٚد تہٕ مِصرٕ یوٚہے غالبن ونیوٕس

○

أسی چھ خاموش صدا لوش کران
گوش وتھرِتھ چھُ ہُمن ہوش ڈلان

شبنمکی قطرِ خبر کر چھ ووزان
تا پیہ سیٔہلاب چھُ پربتھ سأتہ گرزان

سرِ صدا کیاہ تہ صدا کیاہ مینٛے لگے
شورِ محشر تہِ ووچھم ییرِ وسان

شیشہِ خانن تہِ چھُ پرواے کمیٛک
ہارِ پربت تہِ چھُ بے وایہِ نژان

ہُتھ کُلس بیٛنٛھ مےٚ ووچھم خابس منز
جا لوز پانژھ کنہٕ خاب ووچھان

وٕنی چھُ حیوأنی ییتُک نغمہٕ گیوٚن
ساز انہاری شہٕن ہند چھُ وَزان

وِتھۍ ژھاین چھُ گوٚمُت روِہٕ وجود
پوٚت ولنس منز چھَ ہواگرایہ دٕیان

تَتھ مکانس چھیٚیہ کُنی دأر ییتھٕن!
چشمہٕ جورا چھیٚیہ شبس زوٗل کران

تتھ گھرس دوٚہلہٕ گژھان شام دوٚہے
تتھ گھرس منز چھُ دٕپان رآز بَسان

جولائی ۱۹۷۶ء

بارِس یہ کینہہ ژٕیٚے رُت سُہ فنا کری زِ میأنی پأٹھۍ
بیٚلہ پھٕترِ پیٚکھ تہٕ ڈُھتی زِ تما کری زِ میأنی پأٹھۍ

مشرأوی زٕبن سُہ پوٗرِ یِمِس سٕتی چھُکھ
یوٚدوے مشی نہٕ یادِ خدا کری زِ میأنی پأٹھۍ

پیٚتہٕ یِن مشالہِ وألِ گنڈن خمہ رانھ کیٚت
پوٚت وَن ژٕ شام تمام فنا کری زِ میأنی پأٹھۍ

گیتھ تارِ بوٚمبرِ آیہ دِوان گرٛزی زِ گُلشنس
پرِیتھ پوشہِ زأرِ سٕتی وفا کری زِ میأنی پأٹھۍ

ژٕ تہٕ وچھہناسُہ نار چھُ یتھ رُنہہ نہ ڈِہہ نہ بجوش
زُوأنی زِ ماوِ بیٚٹھ تہٕ ادا کری زِ میأنی پأٹھۍ

شولُن ہیٚی اٰلاو اگر جِسمہٕ وارِ منٛز
سرسبز وُتھرٕ سیتی ہوا کری زٕ میأنی پأٹھۍ

وُچھِہن سٕہ رنگہٕ پھیوٚر "الوٚے" وٕنی زِ لوٚت پہن
سَرہَن ہٕتہٕ چشمہٕ وُڈٕ زِ "ببا" کری زِ میأنی پأٹھۍ

أسی أسی گرُس گژھِہکھ ہٕتہٕ بہٕ مایاد ہیٚو پیٚمکھ
کتھ کتھ کران ژٕ وہتی زِ کتھا کری زِ میأنی پأٹھۍ

مشری خابہٕ لہٕسہٕ بِنٛدرِ زوٗس ییر والہٕ نَے
مشری برٛمجہ ژھایہ تل ژٕ شبا کری زِ میأنی پأٹھۍ

صبحأے وہتی زِ سیریہٕ زٕژن وُچھ زِ رُوح رکان
تارکھ نبس ہٕتہٕ زوہٕ دُعا کری زِ میأنی پأٹھۍ



۱۹۷۹ء

ژٕ یئے ہے یوٗے میے ؔ ونیوٕمے خلاف گوٗژھ نہٕ کرٕن
وٗداٗسی خام دلوارس شگاف گوٗژھ نہٕ کرٕن

ووں کرِ تہٕ ژٕن جمالَب تہٕ رووٕمُت انہار
یہ اٗنہ اوس ژٕل یوٗت صاف گوٗژھ نہٕ کرٕن

ژٕ یئے کھاٗجتھن یہ پٔری تل پیتالہٕ جود کٔرتھ
ونیوٕ تے نا یہ منگِی کوہِ قاف گوٗژھ نہٕ کرٕن

ہواوڈلنہٕ برٕ ہیٔے لٔغبہ پننہٕ گوٗژھ نہ ہرٕن
عذاب سرنہٕ برٕ ہیٔے اعتراف گوٗژھ نہٕ کرٕن

سنہ ۱۹۷۸ء

واوِچ غلاف کٔر یھنہِ ٹُفانچ کِتاب دِہی
نُو زر یمتِس ینِس ژٔییہ وُپھلَون عذاب دِہی

ہر گاہ سوٗ یُر یہ ذاتھ پچھانِ ژٔییہ پورہٕ پاٹھ
پاتاٗلی ناگہٕ وانہٕ سگومُت گوٗلاب دِہی

تگی یے ستارہٕ مال ہٹِس ناٗلی ترٲوِزیس
بلکہِن شہ نورٕ وُمرہ بیٹھے آفتاب دِہی

ولیسرے متین اَتھن تہٕ سوٗ پُشرِی شکارٕی تیتھہٕ
ہانے متین شھن تہٕ وُشن اضطراب دِہی

یاگو ییٚ شولہٕ ناٗوی نہٕ ژھایتی تمام شب
یاگو ییٚ چشمہٕ ہتاوِنہٕ آیت جواب دِہی

سنہ ١٩٨٠ء

پٔنٛ شور پانس تہٕ از بوزِ ناوٕو
محض ژھاے اٚسِتھ پلن پان چھاوو

شُشنس منٛز رنگن ہنٛدٕ اوٚبرُ کیازِ مانڈو
بہ آواز سوٚنچن اٚچھس نألی نراوو

تمس پوشہٕ پوٗزا فنس حرفہٕ پوٗزا
چھُ کیاہ بیٚیہ زِ یتھ پتھ ذہن آوراوو

ذوٚ زری تن وجود ک یہ ینجر ذوٚ زری تن
زہر دژاو خابکی سرف نألی تراوٕو

کٔژلی رنگہٕ وٕہیچ حقیقت تہٕ وٕلگلے
یقیٖنچ سفیدی ووٚن کیا داغہٕ ناوٕو

وُنے رأژ تامتھ چھِ سَتھ گانٹہٕ باقی
سیاہ فام خابن گلہٕٹہٕ کھالہٕ ناوٕو ١٩٧٢

○

نہ زاگہِ چارسُو لیس پیٹھ یہ ناپہ کرائے پگہہ
نہٕ روزِ شیِنہٕ دلوارِچ کزاٰلی ژھائے پگہہ

نہٕ زوٗ زرِ برٛگہِ بیابان نہٕ لرزِ لنجہِ گنیر
نہ روزِ تیز ہواوس اٚزِچ یہ ترائے پگہہ

نہٕ شورِ ٹیٚنہٕ پیش پیٹھ خیاٰلی ڈوڈھ لگے
نہٕ وولہِ بند گرن منز سیاہ بلائے پگہہ

ہُمِس تہٕ آسہِ لگاٰنی پکُن مگر سنبھلِتھ
یُمِس تہٕ آسہِ لگاٰنی شراٰبی گرائے پگہہ

نہ شیہلہِ سِیریہ نہ تارکھ نبس نہٕ زوٗرہ پھرن
نہ کرِیشہ ژھایہِ ہجومس یہ من سرائے پگہہ

○

(۲۲ ستمبر سنہ ۱۹۷۲ء)

چشمہٕ تھاوان چھِ میٚے ہوی لوکھ وژھے شامہٕ پیٚتے
خاب چھیہ لوٗکچہِ گٔنڈِتھ ژورِ بِنے شامہٕ پیٚتے

مشکہٕ ژھٹ آیہ تہٕ ٹھٔہرے یہ ہنا دارِ نیٚبری
منتھ گرژھان چھُم زِ دِلس گراوِ نِتے شامہٕ پیٚتے

راتھ یوٗ راتھ سِیاہ شاپھ دِوان آیہٕ لگےٚ
نال چھم ازتہٕ وٚلان کالہٕ سمے شامہٕ پیٚتے

دفترِ کامہِ تھوان چھَم نہ کھٕنی سارٕ دوٚہس
اتی ہٕوان چھکھ وِوٕں گٔہے یاد لگے شامہٕ پیٚتے

راتھ کِتھہٕ کٔنی میٚے گذارٕم زِ قیامت تہٕ کتھا
چھانٔی تصویرٕ گیم نظرِ یوے شامہٕ پیٚتے

شٕری سٕندٕے ہیوٗچھ مزازے میٚے ژٕینے آسی ہٕ خبر
شٕری سٕندی پاٗٹھٕی اگر لوٗچھٕ لمے شامہٕ پتے

چارِ نٔوِ تارٕ صمد میر صُبس گاشس پھٗلیتھ
مس موٚدُر چاوِ زوٗسل جامہٕ جمے شامہٕ پتے

اکھ صبح پھوٚل پٔہ سہ دزٕا لیوویمی کوچہ مگر
تٔنہٕ تہٕ کھیٚیہِ تمی تہٕ کٔنہتھ سانہٕ وتے شامہٕ پتے

دزٕونی ژٕائنگٕ اچھن ہٕنٛدی میٚے تھوٗمِ از تامتھ
گاشٕران چھُس بہ تتے چانہٕ وتے شامہٕ پتے

○

۱۹۸۵ء

گاشہ رژھ اکھ میےٚ صُبس تام دِکھا راہِ خوٗدا
چانہِ برٚتل میےٚ سپُد شام ببا راہِ خوٗدا

دارِ بَر ڈٔری چہ مکانن میےٚ وچھِم بند گژھان
گومُت آسکھ یہ کنن راہِ خوٗدا راہِ خوٗدا

کیتہٕ آلو چھِ ننٚسنگاہ ژٔرے اگر سوزے ڈاٗلی
مانہِ مطلب یتہٕ اچھِر بخشِ ہکھا راہِ خوٗدا

تاپھ مانیٖرِ جوٗیو چاٗکی اگر گے ستہِ پلن
واو مازالہِ ہٕصف رأژ شما راہِ خوٗدا

روزِ بس آخ وتن براندٕ کنٕن شیشہ پٹھن
پھیٖرِ آوارِ شبس میوٚن صدا راہِ خوٗدا

سنہ ۱۹۸۱ء

چشمہٕ شولے یہٕ دِل آزارٕ ووٕن دیدار دِ دیدار
یِتھنہٕ یِتھ زونہٕ شبس از تِہ لگہِم نار دِ دیدار

میانِہٕ بینایہٕ اندروس تِہ شہُل سونتھ تِہ چھاوکھ
پننِہ بینایہٕ اندر چھُکھ ژٕ گرفتار دِ دیدار

میأنی ستہٕ رنگی صدا بوز تہٕ وأناکھ ونن منز
برگہٕ اُنہراے ہٕرِتھ بیٚنی تہٕ چھُیے وار دِ دیدار

شامہٕ ژھاین تِہ گھے سِرِیہ زٕژن تھووٕ مُرِتھ میٚنی
از تِہ اُژھ بِرِتھ چھُ تِہتے پاأٹھی سہٕ انہار دِ دیدار

یا اَوُچھی ناگہٕ وزِنی یا تہٕ سبز واوِ لہرآس
از تِہ چھُم یادپہوان چُھون سُہ گفتار دِ دیدار

وِق تِہ گو سوٗری اگر رازٕ بلس منز تہٕ ژیٚے کیا چھُے
جاے وچھ جاے مےٚ باساں چھےٚ ہوادار دِ دیدار

اکتوبر ۱۹۶۹

○

بلایہ آبہٕ نشرٕ ہُلمکھہٕ دٕس وُنی زیوس
سوال دِتی مےٚ پیاپے کوٚرم ہٕ بس وُنی زیوس

تمس زٕ دِژ نہٕ یمس بسترو تہٕ جایہ پناہ
کرٕ آلی خاب یوال کر چھہٕ بارٕسس وُنی زیوس

اگر یہ نیوٚل تہٕ وأناکھ وَن ژھنڈتھ سُہ لبیوٚن
بےٚ نوٗر چشمہٕ لجبم از تہٕ بینٕہ درس وُنی زیوس

غبر سُہ دُیمہ جہانک عکس تہٕ ماہ و لو
"یہ کائنات لُبتھ چھےٚ زنیےٚ منز اتھس" وُنی زیوس

میےٚ گوٚ نہٕ دارِ پیٹھن زانہہ تہٕ واو ڈلنک شکھ
میےٚ کوٚر نہٕ کأنسہ تہٕ الغأبہ ھٹس برس وُنی زیوس

اگر سو وچھوٚا چھن کُن "ژیٚے کیاہ گژھی" پٔر ژھ زیٚوس
اگر سو وچھوٚ قدس کُن ژٕ چھک سرس وُنی زیٚوس

یہ پارٕ پارٕ بدن بیٚیہِ ہیوتُن گژھُن یکجا
رفیق رازٕ تہٕ ئیژ کأسی پیٚوو ہیٚیس وُنی زیٚوس

○

(ستمبر ۱۹۷۴ء)

ویرٲگ ژھایہ نلاوس پھٹن تہٕ اللہ ہوٗ
سِباہ بلایہ کُھٹبن منٛز نژن تہٕ اللہ ہوٗ

پٹُن کنبر میٚے ییتی لنس چھوٚکُم تہِ کُس مانہم
جلوٗسہٕ وأل دپان ییتی سمن تہٕ اللہ ہوٗ

بےٚ تاب چشمہٕ رچھیتھ تھوٗمہ گنِدٕ اُچھر والن
دٔ ہکھٕ پہاڑ تہِ لیٚو دوے پُٹن تہٕ اللہ ہوٗ

ستارٕ نب ژیٚنے پدٕ ثن تل گوٚ دُے یہٕ ولگِلنہِ زانہٕ
میٚے آفتاب موٗ چھِن منٛز شِشُھن تہٕ اللہ ہوٗ

اگرسہٕ تراوِ تہِ نے پدی پٔنٛز زمینس پیٚٹھ
بیٚے بوز لوتہِ ییٚبنس لکھ پرن تہٕ اللہ ہوٗ

پٲرِھتھ ہیوٚکُھ نہٕ وَنیکھ تام پوسرٕ اَنڈرٕ رُم
سٲرِھتھ ہیوٚکُھ نہٕ مَرِن کیاہ لبِن تہٕ اللہ ہوٗ

پھیرُن چھُہ دیاناہ سمندرٕ میٚنۍ اَزیتہٕ پالنس کُن
یہ کاینات وجوٗدس ولن تہ اللہ ہوٗ

کزٲلی اچھرِ جوٗلی لجٕ رفیق ژٲزٕ لگِن
سفید شین ژٕ بییہٕ چھےٚ آیہٕ تن تہ اللہ ہوٗ

(فروری ۱۹۷۵ء)

○

اوٚبر چھُ خون دروٗ کان وُنۍ آسمانس منز
خبر زمیٖنۍ پیٚٹھ کُس چھ امتحانس منز

برس میٚۓ گیہ نہٕ وٕنیک تام کیٚنہہ نہٕ ٹھسرارے
خبر تٔمن یہ پتا چھا بہٕ چھُس مکانس منز

برگ برگ میٚۓ نہٕ ژہُم ژاپؠ کلُو تہٕ کُنڈ تامتھ
خوٚراک میون پریشان چھُ کھاٗسی بانس منز

یہ کہندِ ذکرِ حسینن وُچھُن چھُ زہتھ پریڈان
یہ کُس بچارٕ گوٚمت قاد داستانس منز

بہ چھُس تہٕ ژھانڈٕ فناکین سمندرن پھیوٗرس
ژٕ چھُکھ تہٕ وارٕ دٔبے یکھ زُوس تہٕ جانس منز

یہ عاذ کھتے چھُ شُرِین ہندِ گنڈُن کنین ستین!
گمرو ٹسی یہ گُرٹُھن میون شیشہ خالس منز؟

پران پران ژٕ پرن والہ مانہٕ بخشان روز
اَچھُر اَچھُر چھ گداگر ئنوٕس زمانس منز

○

(جولائی ۱۹۷۳ء)

أنٛدرٕ نیبر لبس ناہے نار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ
دِیدن تل چھ رہلہٕ اسرار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ

ساہٕن اسلافن ہندی پیٛری تہٕ خاموشی
بزمچہ کلین ہُند گوٚن شیٖشہٕ بار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ

اسہٕ کرٕ چشمن ہنٛز بینائی ارپن لشی
اسہٕ موٚنگ یارس اکھ دیدار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ

تارس پیٹھ اکھ ژونگ تہٕ ژانٛگس زوٗچھ کھسان
بے خوابی ہُنٛد اکھ آزار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ

موہر خزانٛک پے بوٗزتھ گے لوٗکھ جمع
اَرکرٕتھ اوس اکھ شہار تہٕ بیٛیہ ہٕ کھٕنیٛ

چارٕ شہارٕکی لۄکھ چھِ سأری حاتم طے
بیہم دِتی ہم غم بسیار تہٕ بیٚنیہ نہٕ کہنْی

غٕمس نیٚبر چھِ خۄنےٕ خون تہٕ مشکنی دار
غٕمس اندرٕ چھِ اکھ بیمارتہٕ بیٚنیہ نہٕ کہنْی

الماریٚن منز وٗریہٕ بدٕن ہُنز دانأیٔ
میزس پیٹھٕ رأتُک اخبار تہٕ بیٚنیہٕ نہٕ کہنْی

○

۱۴ جون ۱۹۸۹ء

سائنی گلفام کہتاہٕ بٔسن کوتا کال
روزِ سہلاب یمن یاہٕ ربلن کوتا کال

بینہٕ ہنٛزرے چھ سیٹھا میٹھ مگر لتو ہِ وَنے
کوٗبرا چالہِ سرُف روزِ گٔمن کوتا کال

أزی کہٕ واران شبُک وونت لبن چھے ژےٚ مگر
لولہٕ گفتاہٕ شہلی ژٕ اٗنگی درن کوتا کال

واو ہلکاری گژھتھ دراو دوال ؤنی چھُ کمس
زر ذراتن چھُ لیوٗ ہے زر تہٕ زرن کوتا کال

چشمہٕ چھےٚ ناز چمک دار ووں گو سوچ ہنا
پڑزلہٕ تےٚ پربزلہٕ اما لعلِ یمنؔ کونا کال

(اکتوبر ۱۹۸۶ء)

لیکھ شبنمی شہُل سراب تہٕ لیکھ
رآسی گومت تلاوٕ آب تہٕ لیکھ

لیکھ نیزا بہٕ سرٕ تہٕ شیٖنہٕ قلاے
لیکھ سوٕنہٕ لانکہِ ہُندُ سُہ خاب تہٕ لیکھ

لیکھ آوارٕ واو تاپٔری سبکھ
لیکھ اڈٕ پھٔلی سبزِ گوٗلاب تہٕ لیکھ

تاپہٕ صحراوٕ منزٕ سفر لیوٗ کھُتھ
سروٕ شیٖشہٕ بجارٕ ناگہٕ آب تہٕ لیکھ

پأنُی پانے پنُن سوال تہٕ چھُکھ
پأنُی پانے پنُن جواب تہٕ لیکھ

لیکھ شاداب شام راتھ شیٖہج
لیکھ دَم پھٹِ دِلگ عذاب تہٕ لیکھ

نٮ۪ٹھ بیٚھم گوٚژھ ہٕ ہُرٕن سر تازٕ یہ منظر سُون
ٲمی صحراون پیٚتھ نیوٚ یارٕ سمندر سُون

تَامتھ واتہٕ ہٕ تمی سندِ جاہ و جلالُک فاعض
مَس چھُ گوبھن عارن منز تام قلندر سُون

بٔنہٕ یہ سٔندِس قلمس پیٚٹھ روزٕ ہٕ کانٛسہِ پژھے
سُون مقدر لیکھہِ پرٛینز لون خنجر سُون

ہر دنہٕ واوٕ برٛونہہ یُن اوسس آو ہٕ کینٛہہ
توٚہہِ ماوٕچھون پوشہِ برگ ہیٚوٚ دلبر سُون

گُژھ ناوٕ شُلنی امہِ کھوتہٕ وڈٕ شُلنی ژھٹ پھیرِلس
یُہند رٔیشی وأرِ چھُ لوٚگمت خون تہٕ اکثر سُون

کیٚنژن کاٗس روزِ شہیدن ہُند ماتم
کیٚنژن کاٗس روزِ ڈیلٕنے بازر سُون

۱۰ جنوری سنہ ۱۹۹۰ء

○

یارٕ کرفیوٗ تہٕ چھُپی شامہٕ پیٹے
کرٕتہٕ آرام ییتی شامہٕ پیٹے

خاب کاہنہٕ یِرون ھتوٗن شاندس تل
چشمہٕ ستیہلاں چھ اُتی شامہٕ پیٹے

دوٗہلِہ آسان چھ پریشانی بیاکھ
چائی باسان چھ کمی شامہٕ پیٹے

گِنگراوان چھُ ہوا بوٕنین تل
ژاٚنگی کھوژاں چھ بلی شامہٕ پیٹے

ییتھ ستبس کس ژٕ ییٚنی خاب کٕنکھ
ییٚنہ گرس برچھ وُتھی شامہٕ پیٹے

خارٕ ھنُو وھتم میٚنے دگر تام اُچھن
یارٕ آھم نہٕ وٕنی شامہ پیتے

خاب الکھ وُچھ میٚنے دپان چھُس ژیبے ونے
کٕشرٕ لٹہٕ کوٗز میٚنے صبحی شامہ پیتے

آیہٕ کیٛاہ کرنہٕ خبر زانہٕ خوٗدا
ڈرایہٕ بیٚیہٕ ترلیشہٕ ہتی شامہ پیتے

دوٚہلہٕ تس چھُپے نہٕ لگے وار کہنی
گرٛھنہٕ پرژھتس سُہ دیٖی شامہٕ پیتے

موٚت کوٗرس چانہٕ روٗانی بہ لگے
وٗنی دِمے یارٕ بلی شامہ پیتے

میانی نتھ بوزنہٕ مشراو لگے
یُتھ نہٕ جگرس ووٚلسنی شامہ پیتے

(فروری ۱۹۹۱ء)

گوڈنیتھ شانس تہٕ ہکی اُہراے تہٕ خاموشی
پیتہٕ خاموشی ہشنز اکھ ژھاے تہٕ خاموشی

بے لوزان تہٕ بے ژیِنان تہٕ بے وسترٲن
بوہٕ ینٕچ ناآری پھراے تہٕ خاموشی

بیٚتہٕ وُچھ خوابس منٛز اسہٕ لوٚکھ تہٕ قبرستان
گوٚڈکمی تام شبس کوٚروٲے تہٕ خاموشی

میون تخیّل آرن منٛز سہلابہٕ صدا
میٲنٛی وراثت وٲراں جاے تہٕ خاموشی

میٲنٛس منظر نامس پیٚٹھ ژے منظرٲسی
اکھ برٕ گمتہٕ گوہ لانٛچ ژھاے تہٕ خاموشی

زن ییہ چھُ وسوِ یِنہٖ آہنگ ساز یہ لوزی سوچ
سوزِ ازل ہیئو سر ناپا یے ییہ خاموشی

گاڈِ چھہ کانٹس کُن ترٚینے چیز کران مائیل
اکھ صبری دِل بنیہِ بسلا یے ییہ خاموشی



(۹ فروری سنہ ۱۹۹۱)

○

جنگل یارِ گُہلُ بییہ جاناوار ۂتہ خواب
میون ترنمُ دارِ غزل اظہار ۂتہ خواب

مأنز اتھن یتہ پوٗشہ ۂنہ کأنسی مأنز دوٗہے
روٗد ووں گوچشمن منز اکھ اہار ۂتہ خواب

نارن کیا تھوٚو یتھ کُن باۂتے سوٗرِ سوٗر
نے ہِتم بنگلہ تہٕ نے ہِتم بختاوار ۂتہ خواب

موٗ چھہ منز أسس سیکھ تہ وٹھن پینٹھ ازلی ترلیش
وزھن أچھن منز یارِ بلکی آکار ۂتہ خواب

نیٚبرِ چھہ باسان موٗ غلن ہنز شہکار حویل
اندرِ چھُہ اکھ چھت گیر تہٕ اکھ بیمار ۂتہ خواب

اَسہ تہٕ چھ تھوو متی رٹِھ راُوِتھ تہٕ تہ خالنس منز
اَسلافن ہندی نورٕ برِتی آثار تہٕ خواب

أسہ تہٕ چھ البم پہرس پہرس ژیری وُچھان
اَسہ تہٕ چھُ اکثر یادیوان لوکچار تہٕ خواب۔

○

(فروری ۱۹۹۱ء)

أندر ژُم سِر پیوٚ صُبحے سِر بازار
رالتورات وسِتھ پیوٚ ٹھپہٕ کرِتھ دیوار

جاے اُس یہ جاے مگر سہلابن نی
زانہٕ خوٗدا ووٚنی کتھن سمن تِم ناماوار

کوتا بچہِ ہن قلمی نُسخہ یِتہٕ بُرزلی پلش
پیٚنٹھ لوٚگ سانہٕ شہارٕ ژوٚ پاسے ناپےٚ نار

از چھُہ خبر کیا سپدن ووٚل تہٕ زانہٕ خوٗدا
از چھِ شُلی آلین منٛز ژامتٕ جاناوار

بلی کہِ یِتہٕ صُبحچ بانگ کنو بوٗزِ وچھُ بنان
ازکل ژوٚ شوٗنی پہرن گرشھِ روزُن بیدار

اُسہٕ لوٗب گرِ کس ملبس تل اکھ نقشہٕ عجیب
یِتھ لبتی منٛز چھاکانہہ باقٕے بیناوار

(فروری ۱۹۹۱ء)

صحراوس منز ڈاپھ چھُ نزاوِ منز کُینہہ شیجار
جویلو جویلو وسونہِ آبک ہیوٗ انہار

ہر دن لأجی یہ بزرگن چھأنی یتہٕ لاگکھ نا
کتھ چھِ سنےٕ متی گُلی تھرِ ن پیٹھ جاناوار

چوٗنے دود نہٕ دگ ووتُم للہٕ واں یژھ کال
یہ چوٗنے حال چھِ باوان میأنی زِ نے متی شار

تیٚمبرِ جُبرِ ہتھ اتھ سیٚندرِ رلِس بیٚلہِ پھرٲٹ سبز
جویلو جویلو یہ وسان گو ہا ہا کار

آرِ بُھٹس پیٹھ بہش کو ناہ کھوزاں اوس
تمی لوٚب آخر کمن کمن صحراون تار

شرِ سو مبرٲوِکھ اصلی مقصد مشٕرِے گوڈٕ کھ
کھیل تماشن منٛز گے آوٕرۍ جو دوگار

یوٗرٕ مینے دٕوٚہمس سانہِ زٕینگُک کیا مقصد دراو
توٗرٕ مینے دٕوٚہنم موت چھ آخر زوراوار

○

(فروری ۱۹۹۱ سنہٕ)

○

قبرستان چھُ سوُن شہر آواز نہ بوُد
کھُتی کم کم سہلاب مگر آواز نہ بوُد

ژٲوٕن لوٗتی ویترٕو لوٗتی تیتھٕہ آو بُنیُل
دارِ ہتہ بَر لرزے یہ نٔببر آواز نہ بوُد

کٲپِنژن لوٗس گری لِش کھسنہٕ پتے افتاب
کٲپِنژن باصنے پھوٚل نہ سحر آواز نہ بوُد

خام دلوارن حاٲرٲنی ژاٲنگس نہٕ زُوے
سانہِ چھُ مہمان روت پہر آواز نہ بوُد

وُنتِ چھ کاٚ ژاژھایہ شبس آوازٕ نشران
نارہ بدس طوفان بسر آواز نہ بوُد

ہنگہٕ منگہٕ لۄگ پیٚھ کأنؠ خزانک نیب شبس
ہنگہٕ منگہٕ مژرٕ نہٕ آیہٕ قبر آواز نہٕ بوٗد

پانس کم کم جلسہ کرٕکھ ہٲلۍ شار وٕنِتھ
اسہٕ کم کم ورتاوی بجر آواز نہٕ بوٗد

○

۱۲، فروری ۱۹۹۱ء

○

نیم شبس مسافرس کِتھ سفر کرٕنۍ چھِ طے
کِتھ تمس چھُ زادِ راہ سوزِ دروں تہٕ عشقہٕ لے

پان پننۍ کراں چھِ سورۍ زول کراں چھِ پھنہٕ ونس
سیر گرٛھاں چھُ آشکار عشقہٕ مُتی لبان چھِ پے

کِتھ مکاں تہٕ لامکاں گاٗم سرے سراں سراں
کِتھ جہان در جہاں روٗدی مگر میےٚ پھاونے

سو چھِ ونُک برگ برگ چانہٕ امارٕ تابکار
رات چھ گگنٕ سیہ تزٕ نگی دزان چھِ پیے پہٕ پے

جلوہٕ تمام گےٚ پہٕ عام روٗدی گھلاب تشنہٕ کام
پلوک پہٕ پیاٗری آب تام پھرٕ پھتہٕ چھُ آگرے

چھو وبہارِ حبسِ دم پڑدو مقامِ انتہا
ٕکتی خیال ٕکتی غم، رٗودی مگرِ میٚنے باونے

سأئنی تِمے سحر تہٕ شام حال تِمے تِمے مقام
سونتہٕ گڑان چھہ شبنہٕ گام ہر دٕ وزاں چھہ دردٕنے

میون وجود سٲری بسر گردِ غبار ژٲرِتک
روزِ کوٚتام دربدر پھیرِ یہِ واد تابہٕ نے

○

(۱۷ مئی ۱۹۹۱ء)

○

سانہٕ شہارٕ چھ قبرستانکی ہِی آثار
شامہٕ پیٹھے اِہراٸے کران چھُنہٕ کانہہ بیمار

أندرٕ چھوا لوٚہی باأژ گرہِ کی سأری محفوظ؟
نٕبرٕ میٚے وُچھمٕ نوٚہرہِ رِتہِ چھُ وٕسی پیوٚمُت دیوارہ

تاپھ چھُ شاس تام دِوان النالسن برہٕم
دُورِ چھَ باباسن سِکھ تامت گاہے سبزار

أسی چھِ مُسافر یاربَ اَسِہ تھُتِ وَ رِتہِ کُن لاگ
یہُتھ وَرِتہِ ترٕہن ترٕہن دہ ہن چھَ روزان مُشکٕنی دار

یاگو تاپھ عدالت دانٕن منٛز ہلکأری
یا شوٚوکھ سنگین قلاین منٛز شیشہٕجار

سہ دۄپ شاید شبس بُنیل ییہٕ آو نہٕ کینْہہ
سحرس تام قرارس بیٹھ نہٕ جاناوار

از تامت یژھ بانگ کنن چھینہٕ گاٸشز ژاہنہ
ساٸری لُوکھ گرٕو منٛز دٔرایہ ہنبر یکبار

ساٸنی کرامت لجٕ نہ کُنی تِتھی گےٚ حالاتھ
گہہ گو نارس لور تہٕ گہہ گو لورس نار

از نہٕ پگہہ ماگژھ ھنکھ آلوٕ ساٸنی کنن
آوِری آسن غلغوشن منٛز بختاوار

○

آسُن اپرُز تمام سراپا پزر سوال
سڑکن لیٚکھِنہٕ میٚۓ تھوٚو مسلسل سفر سوال

اُتھٕ وانہٕ تھاو حرفِ شکایت مو کھس لیٚکھنہٕ
تٔلی ٹارِ گھہ بنٛگاہ ژِ میٚۓ کُن وُچھ تہٕ کر سوال

اُتھی پیٚنٛٹھ چھ اطمینان تِمن آسی تہٕ مطمئن
تا پٔک جواب سِریہ چھُ تا پٔک تژر سوال

اکہٕ چشمہٕ جوٗری زوٗل کران آس راتھ تام
سوۓ چشمہٕ جوٗری از تہٕ سراپا مگر سوال

○

۱۹۸۵ء

○

لامکان وٲتھ کڈٕن فرمان بیاکھ
تالہٕ پیٹھ تھوٚنم ظٲہری اسمان بیاکھ

لوٚلہٕ چیُری گیُنٛش چھا گوٚمت دَم پھُٹِہ پٕزی
ودٕرِہ مُتی ژھاران چھہ ازاستان بیاکھ

ییتھ شہارس منٛز چھہٕ سٲری دینٛدار
پرٕنہٕ رٕنٛز اکھ ونٕنہٕ رٕنٛز فرقان بیاکھ

سیرِ اسرارُک اڈٕ برکھو تمُت ژٕوہ پٲری
چھاپ چھُکہ گوٚرمُت ظٲہری دیوان بیاکھ

نیٚیہ نہٕ نیٚیہ سہلاب یَیتھ شہرس ڈٕہتھ
یِیو نہٕ یِیو اَزی رحمتُک باران بیاکھ

آبہ جوین ترێشہِ ہُنٛد معنی پرژھوم
اصغرٕس زن آم حلقس کان بیاکھ

تاریٖلہِ سُدرس لبو والو اکیور
أس وُہرِتھ آسہِ ریگستان بیٚاکھ

سُون دنیا اکھ عجاۓب خانہ زن
اُوم پن أکی سُنٛد نگر اَلبسان بیٚاکھ

اندرہ کُس تامت وسان الہام اکھ!
نیٚبرہ کُس تامتھ ونان فرقان بیٚاکھ

۱۹۸۳ء

○

سۄ دۄہ ییٚلہِ ژٕنٛے باسے بہٕ اسمان ہیوٚ
پلنٛ ہیکھ پٔتہٕ سیٚپدکھ پشیمان ہیوٚ

بہٕ زن یور کُن یھترِ پیومُت کھِلاڑی
ژٕ زن آنتھٕ رٕوس ہالہِ مٲ دال ہیوٚ

ژٕیتے چھُے ناز ہُنٛہی وۄدش تہِ نیرِ یتھٕ ژلان
ژٕتے چھُکھ میٚنے ہیوٚ عآبٕہِ انسان ہیوٚ

گلابس ژٕھٹُن زن چھُ گاشُر سحر
گٔنڈِس پیٚٹھ چھُہ تارُکھ یتہِ لرزان ہیوٚ

یہٕ کُس پٲنٛی پانس کران بازیاف
یہٕ کُس گردِ پھیوٚلمُت چھُہ امکان ہیوٚ

یہ زن گرد اسبر اُفق تا اُفق!
ہوٗا زن یتہٕ ازنٔے مینٔے زاگان ہیوٚ

یہ زن گرد بُزی نیوٚل پَن بر ہوا
پتہٕ زن رحمتُک سونتہٕ باران ہیوٚ

شہن منزٕ یتہٕ سُے شورِ شہار ہیوٚ
اَچھن منزٕ یتہٕ سُے پرہزلہِ ارمان ہیوٚ

○

۱۹۸۵ء

○

ورُق پھرُم ہۆ صفن منزاو چھی لطافتھ رٲو
خبر کتاب وُچھاٲنی مے کوٚس عبارتھ رٲو

ژیۓ عقلہِ کاڑ کجونے ہۆ کائیناتھ ژیو
میۓ نظرِ واشس کجایو دراز قامتھ رٲو

چھ چاٲنی دوہ تہ ڈُلی خوش زِ آفتاب پہ چھکھ
چھپیے میانہِ رٲژ پریشاں زِ زوٗن تامتھ رٲو

ژیہٕ کیازِ انارہٕ ہُمل آسیٚخ میۓ پام تھوٚوتھ
میۓ چھاٲنی پننہِ وجودٕکی سینکلی زِ بادتھ رٲو

ژیۓ اضطراب دِماغس ژیۓ اِنتشارہ حسن
میۓ دلفریب کلامس پننۍ نزاکتھ رٲو

خیاٲلی سرِیہ بوڈان گے میے سوٗنچہٕ گاشس منز
کرٕہن سیاخ چھُ ماحول پٔریٖنۍ ذہانتہ راٖو

بیدار چشمہٕ پریشان تلاش خانچ چھک
میے لاشعورٕ وٕنن منز پننۍ حقیقتھ رأو

○

۱۹۷۳ء

○

کنٕن پٕتہ ریزٕ پھلٕن کیٛتھ یہ اِنتشار بب
جسم جسم چھُ گژھان کیاز سنگسارہ بب

یہ کَس کران چھےٚ دٕنٕ ہش زٕ وزری بیٛنۍ سسرا ے
یہ کُس چھُ شامہٕ پیٛنٛھٹے لوٗت بیقرار بب

پکُن پٕتہ روٗدٕ گژھُن کیاٛ خبر سرکھ ماگاٗلی
پینٛز یہ واٗنس ژھیٚنٛہ دھتھوٕ کھےٚ گزار بب

عجیب نظرٕ قلایا لکو گنٛڈٕم اٛندی پکی
یہ کِرژھ ازاٗنی شکل گےٚ منےٚ زاٗنی کار بب

انیکھ ژھایہ سمندر تری چھُ بخشان کس
سِری تیٛن ودل پھٔرِس تل ہی یہ نار بب

خیاٗلی اڈبہٕ لشو کوٚر کہنٛد زین ساٗراب
وُریبہ ساز ئین منٛز اچھر منہٕ ژاربا

بہ سریہ شہرٕ کُنہٕ لو وُچھِس کران ژھاین
بخش ہتہٕ میانہٕ وجودُک میٚے اعتبار با

رفیق راز چھُ گاہے سری ہتہٕ دامہٕ چوان
گہے کرپان چھُ چھجل بُوبہٕ ہنٛد جہار با

○

(۱۹۷۳ء)

مےٚ کیاہ زِ نال وَلان از تہٕ اچھرٕ ذال ہگھے
مےٚ کیاہ زِ یاد بیوان لون، جسم دال ہگھے

یُسے وُسے چھ لبسان زنتہٕ اُپرٕ عجلس منز
یہ شہرٕ گام چھُ باسان مےٚ تل پتال ہگھے

ژٕ کوٚت کال پھعولن پاے خابہٕ لوٚرٕن دِکھ
گرٕ ژھان چھیےٚ اینج حقیقت رِتہٕ پائمال ہگھے

جوابہٕ دادِ بہ ژھنڈٕ ہن بہ لامکان تامت
خوٚدایہ میانہٕ کرکھ نا مےٚ تیٚتھ سوال ہگھے

عرش گرٕ ژھاں چھُ پدٕن تل تلکھ چھ سوٗرٕ پران
وول کیاہ ونے زِلوان چھُے مےٚ کیٚتھ جلال ہگھے

گرٛدھان چھےٚ زیٖنہٕ کلٕہن ژھایہ خابہٕ شہزادٕہن
یواں چھُ سِریہٕ ژٕٕژن دُہرس زوال گۄے

وجوٗد چھُے تہٕ مگر زنتہٕ جسمہٕ وسمہٕ ورائے
ووٚں کیاوٕنے زِموٚژاں چھُک ژٕ بس خیال گۄے

رفیٖق راز چھنا میٚنی وناں ژٕیٚے چھےٚ نہٕ خبر؟
ژٕ کیاٚ بی قسمہٕ خوٚدا چھک کران کمال گۄے

ستمبر ۱۹۷۵ء

○

یَس یَس تہٕ چانہٕ شہرِ میٖے ہیوٗ انتشار اوس
تَس تَس شمارٕ وٲلی دین بے شمار اوس

کوٲچھی لجے درس تہٕ ٲچھر وال روٗ ہٕ گے
یا گوسہ وہٕ تہٕ وہلٲے کنینک اشتہار اوس

یمٲ اکی تماشہ وُچھ تہ تمُس نظرِ چاٹی گے
موٗت چھُس پوشاکھ میون دوہے تار تار اوس

تمی کھٲلی ییتی بُھتی زِ پنُن بُتھ تہ رووتس
بنجر زمینہٕ ہندسُہ عجب کاشتکار اوس

یُس پھیرِ وول راتھ میٖے آلو دِوان گو
بوچھس گنڈِتھ تمس یِیٚے دوٗتِک ملگزار اوس

پرٛنِھ کانٛہہ یہ کیاز پائٕنی بینس ژوٗرِ نھاوِ ہا
چشمن لگی ژ نے ژھانٛپ یہ کَس اعتبار اوس

احساسٕچ جنگلس میٚنٛز وٕوا پٲری ونی دِزام
او سےٚ پہٕ جایہِ جایہِ وجودٕ ے نٕشکار اوس

یرٕژھ خاٲبی داستان سُہ وُنہِ نہٕ ہینکہِ نہٕ کینٛہہ
بیٚنیہ ہے تمام راژٕ شُہ بالکل ہُشار اوس

یمہٕ عرشہ پیٹھ بہیوس تیتُک کیاوَنے مہٕ پرٛژھ
رازٕس ورٲے پرٛنِھ اکھا پرور دگار اوس



(جُلٲے ۱۹۷۲ء)

سِریہ ژأپھ سُہ رٕہیج زوُن بٕرٕکاں اوس لگے
دِگرٕ سے نِنٛدرِ بلِن آرٛخ ہیوٛاں اوس لگے

گوٗلی چلنٛگ تہٕ ہسا اوس نہٕ امکان کہٕنی
سُہ مگر لوٗتہٕ بلِن ژھایہٕ بہان اوس لگے

نظرٕ آسم تہٕ اوچھی ربٕپہٕ سمندر چھاوان
خاب ہیوٗ لوٗتہٕ أچھن منٛز مئے وُہاں اوس لگے

اِدٕ ٹمی ساتہٕ زِیمہٕ ساتہٕ ژٕ شیٛہلان أسکھ
اِدٕ ٹمی ساتہٕ سمندر تہٕ گرٛزٕکاں اوس لگے

لوٗتہٕ ہیٕ خبرٕ چھارِ خلافتھ مئے بخشِٹرٕ آسکھ
اکھ شیٛہٕل سِریہ نزلوٕ کہٕنی میٛئے ارژاں اوس لگے

سحرگاہ شیچ سوٚ لطافت مےٚ کتھن کتہٕ آسہٕ
فکرِ ہند ژونگ اجی راٚژ ژھوٚکاں اوس لگے

اوِ بہ زانن سٕہ نفر راتھ ہوا اوس منزِ ییٚس
ژانٛگی لیہِ ستی پنن ناو لیکھاں اوس لگے

دوٚنی خبر آسہِ کتھن رازہ دلکہٕ غمزادان
آدی تامت سٕہ کلین ژھایہِ دِیاں اوس لگے

○

(سنہٕ ۱۹۷۴ء)

یَس ہٕ زٕہی ماف گولاف دِواں گو کپأری
یمی ہٕ زٕہی کوٚر اَترٕ گُلی زٕگنڈان گو کپأری

زگیتہٕ صفس بیٹھ بے رنگ، رنگ رٹان گو کپأری
کاژِ لگِتھ اچھِر گوٚر مرژٕ گران گو کپأری

چشمہٕ تہٕ وتھراوِمس نظرٕ تہٕ چھکراوِمس
زانہٕ خوٚد داز اَژ روٗس ذاتھ سران گو کپأری

تلہٕ سہٕ یزیدس پرزٕھو تلہٕ سہٕ حُسینس پرزٕھو!
یارٕ بلک ترلیشہٕ ہوٚت تمبرٕ ژھال گو کپأری

آرٕ پلس اِضطراب یارٕ بلس اطمینان!
یمی یہ اَو چھےٚ خاب وُچھ کھورِ تھچان گو کپأری

یارِ کُلین وُچھ مےٚ راتھ دٔرایہٕ بُھلے حأرٕنچ
شبین گلان گو ژو پأری آرِ وسان گو کپأری

یَمِہ کُن وُنل ہُپأرِ دِہے دِہہ چھیٚیہ کایُنات
وۆن نَے یہ کمہِ زانِہ چھِ ونان یارِ ششش جہات

میٚنے تِہ کیا پرژھس نہٕ زانہٕ تہٕ ژیٚنے کوٚس اُپریہ ژھاے چھے
سُہ تِہ کیاہ بوزمُت چھُ خوٚداین عجائبات

یاگو بنکھ شمرُ تہٕ ہمی میانہٕ خوٚنہٕ ژٕریٚش
یاگو بنکھ یزید تھُوکھ آوِرنِہ فرُات

پرٛژھ ہے مگر پرٛژھے نہٕ مسا کم یرادِ بچھی
وَنہِ ہے مگروَ نے نہٕ ما روزِہم نہٕ کانہہ تہٕ باتھ!

ژیٚنے تِہ کیاپتہ جناز پَرن کرسَنا میٚنے لوٚکھ
میٚنے تِہ کیاپتہ زِ کرسنا اَسی ژیٚنے ماتمی راتھ

لفظن اندر دیکھ تِہ گُڈی کاڈ زندگی!
شارن اندر اژکھ تِہ لبکھ دائمی حیات

آفتابٕچ سوٕرِہج شے تہٕ ژھہٕون واجبنٕ آسس
بے لبسی نأل ژٕھنٕتھ راتھ پھٹن واجبنٕ آسس

اچھٕر جوین تہٕ ششٕر گانٹھ لگن واجبنٕ آسس
باوٕ ہا کیانہٕ سیہ ویو پکن واجبنٕ آسس

سارٕوٕے ترأوی پننٕ جلوٕہ اویزان کوٗٹھن
زنتہٕ کانہہ ژھانپ اچھن منٛز میٛیہ نٛژن واجبنٕ آسس

سارٕنے اوس فقط خوف شمانٕ جسمو کنٕ
کائنسہٕ اکی ڈوپ نہٕ یہٕ کرٕژھ ژھایے ڈزن واجبنٕ آسس

آفتابن تہٕ نیٚصف راتٕژ زٕژل أچھ مٛژرأو
ہنٛشدرٕہ مُژ زنتہٕ مُژھیٚل کاڈکڈن واجبنٕ آسس

(فروری ۱۹۶[illegible]ء)

گاہے میٚے ڈُہلی گاشِش وُلِنھ سمنہٕ لگُن پیوم
گاہے میٚے شبُک پردٕ ژٕٹھِتھ پان چھکُن پیوم

وٲناکھ وڈرٲلی ژٕھنِتھ کاڈ کڈُن پیوم
بے وایہٕ مگر شرنہٕ برٕ لوکنہٕ تہٕ اژُن پیوم

بے مانہٕ اچھر تارٕ ونِتھ ییٚلہِ نہٕ رنگے لوٗگ
مغرور بلاین میٚے زری لونچہٕ لمُن پیوم

کرٕ کیاہ زٕ سُنِتھ لُکہ چِھ وُچھان میانی اُداسی
ٹھاٹھا میٚے اسُن ترٕ و تسند ناو کھٹُن پیوم

تُلہانہ ذکر رازٕ ہوین لوکتہٕ ورِن ہشنز!
مجبور سپُد دِل تہٕ سُہ داما نہٕ چھلُن پیوم



○

ولگاوی اچھرمینی تہٕ مگر ترٛلیشہِ دوٚدُس بےٚ
پرٛبہِ ساتہٕ یمن ساد صفن چھپہِ لوٚگس بےٚ

بیمار اُچھن خاب متھنہٕ عَقلہِ ڈوٚلُس بےٚ
سترٛیہہ دار رٕہج زانڈ وُلتھ زونہِ بھوٚرس بےٚ

مہتاٲبی جبینس میٚے کٔڈم کُل تہٕ مگر حاٲف
سیماٲبی عقیدس تہٕ پوہ تلی گرنہٕ لوٚگس بےٚ

اَدٕ مون زِتھٲتی جایہِ ہمَوٕ دٕرمنہٕ ژٕکل زاٲلی
ادٕ مینی چھ خطا پورٕ زِ ہمتہِ شایہِ ڈوٚلس بےٚ

لرِتھ ڈیر گمتی آسی وٕٹسی لورنہٕ گوڈس تل
طوفاٲنی یمن واوٕ ژٕنجن ٹارِ کھنوٚتُس بےٚ

○

دسمبر ۱۹۷۳ء

○

بُتہ آرٕ نزاکت بہٕ بخشش کمی زلفن رُوٗ ٹھ
بدظون چھُ قدم یُوت زِ ہموار وتن رُوٗ ٹھ

اظہار مےٚ لوٗو روو مگر پزون سوخن رُوٗ ٹھ
بدلیو ونُن لہجہٕ تہٕ آواز کنن رُوٗ ٹھ

خود دار چھُ رتھ میون زٕ لتہ ہمت مہ لگاوس
پھیر ِس تہٕ سفیدی یہ صرف مأنزِ نمن رُوٗ ٹھ

واقات پُر اسرار تہٕ حالات چھہِ دم پھٹ
گفتار پریشان زِ کتُند غونچہ دہن رُوٗ ٹھ

سنگلاخ دلہ وارس تہٕ پنن سینہٕ دزان اوس
سپدیو وگلے موم تہٕ شور پداہ کلن رُوٗ ٹھ

رۄدُک چھُ ہُتین شور تہٕ اوبر اچھُ یتین ٲبلی
شراوٕن نہٕ خبر کیازِ یُہُس تشنہٕ لبن رۄمھ

کرِ یہنیار زمانُک تہٕ وۆلم لوتہٕ ننگے چھُس
دأغی چھُ بدن یوٗت زِمرِنے میہٕ کفن رۄمھ

○

سنہٕ ۱۹۷۲

○

صحرأوی سرزمینہ سمندر وُزے یہ راتھ
آبک خیال آو ؤتہ آبے بنے یہ راتھ

مژِ نِنٛدرِ خاب زاد خبر کُس ہُشارگو
تارکھ سٕڑے یہِ زٕوُن ہرتھ پیٛی گئے یہ راتھ

شہُرک شہر خیالِ سحر ہیتھ چھُ درعذاب
تارکھ دفن کرِتھ ژُولتِس پیٛٹھ رُکے یہ راتھ

تتھ جایہ از وۄتھان چھُ دِہے دِہ درزان نہٕ کینٛہہ
یتھ جایہ حارتن مینٛ شبیٛہ اکھ وُچھے یہ راتھ

○

سنہ ۱۹۸۰ء

ژٕ چھُکھ تہٕ وہرِ کلین ہُنٛد شہل تہٕ شولہِ اما
بہٕ چھُس تہٕ گژھہٕنہٕ گژھتھ ماتہٕ پراوِ لا تہٕ اِلا

ژٕ چھُکھ تہٕ سرِیہ زٕژن راوِ صبحٕنے ترتیب
بہٕ چھُس تہٕ گردِ غبارس چھُہ تاتبیایہٕ ہوا

ژٕ چھکھ تہٕ نیلی اچھر ہانٛڈ گے ژھوکے یہ خیال
بہٕ چھُس تہٕ میانٔی ژھوپے شولہِ سپدٕ نغمہٕ سرا

ژٕ چھُکھ تہٕ ناگ غمک آنگنس اندر چھُہ نژان
بہٕ چھُس تہٕ ہیرِ وسان وارِ وارِ زوٕنہٕ شبا

ژٕ چھُکھ تہٕ رازٕ بلبن لجی ازآنٔی ناگہٕ وزنی
بہٕ چھس تہٕ یاد پیوان تریشہِ دادِ کرب و بلا

ژٕ چھُکھ تہٕ پوشہ چمن قتل گاہِ لنور نگر
بہٕ چھُس تہٕ سروِ صنوبر چھُہ محوِ حمد و ثنا

اکتوبر ۱۹۸۳ء

رہمہٕ چھُ واو پدٕن تل وڈان چھےٚ سرِ پیٚنٛٹھۍ خاک
رُکو نہٕ بانٛدِ گرٛزھان شہہ پکو ہٕتہٕ سخ وٲناکھ

ژٕ کیازِ سازٕ لہراکھ دُباٚلی واوِ رِنگا
میےٚ کیا بہٕ سوچہٕ صفن پیٚنٛٹھ لبٕکھتہٕ بے مانےواکھ

ہوالوا چھہٕ وٕٹنک یہو وہقرِ وہقر حاٚرت
شرونبل اچھر میےٚ ہمنٛز گرٛزھ ژہیٹنی چھےٚ ژھوپ دوٚب باکھ

دٕلیو چھہٕ میانٕہ وجود کِ نقش نہٕ ماآسن
تمس چھُ ہرنہٕ اچھن منٛز خبر یہ کمی سندی آکھ

اچھو میےٚ لوٗز کنو ڈلیوٗٹھ گاش پھولنہٕ برژہی
گولاب آس وُٹھہٕ دامنس گو مُت چھس چاکھ

۱۹۸۷ سنہ

○

بٲلۍ گو لٲبۍ ژھایہٕ از کٲلۍ نژن قرار کر
لولہٕ اُچھر تہٕ بلکہ أزی نار ژھاٹن قرار کر

ییٚپنٕز نہٕ کیاہ چھ تأجلی وارٕ سَنمُ زِبأے چھُسا
وُٹھ ژٕ ہلن نہ ٲچھی رلن روے سمن قرار کر

بہ تہٕ گاش ہیتھ مہ ژل تمام سوٲلی گام کُن
بالہٕ وسِن ہو ناگہٕ جوے نالہٕ رٹن قرار کر

چھُکھ ژٕ فقط میٚے دید مان اوبرٕ صدا تہٕ وُزملا
لو تہٕ مگر بہٕ وٕنی دِمے برگہٕ وِنن قرار کر

سروِ شہل وُہاں سدرٕ واوٕ لہر کھمان طفان
میانہٕ اٲگٲلی شہر کم پوش پھولن قرار کر

آغہٕ چھُ باغہٕ بوُنہٕ تل ناگہٕ شہل کران تلاش
"سونتہٕ ولو، ولو، ولو طرفہٕ چمن قرار کر"

۱۹۸۳ء

○

○

ہِلکٲری آبشارٕ بَلو پیٚٹھ وسکھ ٹہٕ کیٛاہ
ناگہٕ ژٕ میٛانِہ گامہٕ زٕہنتھ تے گرژھکھ ٹہٕ کیٛاہ

پاتاٲلی جذبہٕ کانِہ رٕہجی تیٚتھہ چھیٚہ برقرار
یو قوٗتی اچھرٕ مالِہ وسِتھ گے چمکھ ٹہٕ کیٛاہ

ہرٕ نُک سوال از ٹہٕ تِھتے کُنہٕ چھُ لاجواب
واوُک جلال برٕ گہٕ لباسس ولکھ ٹہٕ کیٛاہ

آسُن چھ میون زلیوٚ ڈٕ سَیہہ غم نہ آسنک
بادٲمی چشمہٕ والِہ میٛے کن تیے وچھکھ ٹہٕ کیٛاہ

صحرا بہٕ سٕر میٛے واٲنش گیم شینہٕ وَن ژھنڈٕ لن
جنگل بدس ژٕ تاپہٕ ولِنس منٛز نژکھ ٹہٕ کیٛاہ

سیمابی قطرٕ تاپہٕ شہاٗرک ترٛزرِ تہٕ وُچھ
راتس ژٕ کوٗ نگہٕ بیتھہٕ وچھس منز چھپکھ تہٕ کیاہ

مہتابی شاپ ہرِ نہٕ اچھن لوٗگ تہٕ چانہٕ ستی
ہاوکھ تہٕ کیا بہار وجود ک کھٹکھ تہٕ کیاہ

مازان چھہٕ موجزن تہٕ ازکی لکھ کہے ہٕ ہٕن
عیسا صفت کلام کراٗنی مرکھ تہٕ کیاہ

روزی پتے رفیقہٕ یہ وقتُک ڈٔرنگی عذاب
آکاشلی شہر لوٗزہٕ ہلم ہیتھ بسکھ تہٕ کیاہ

دسمبر ۱۹۸۵ء

میانہ انداز مژھلی طوطہٕ کلن از نہ پگھہ
ژٕ بکر ژسینہٕ کھانن اچھرٕ دنن از نہ پگھہ

آدمی کھیل میئے ہستن تہٕ گِنڈن از نہ پگھہ
میائی فردوس تہٕ دأران گژھن از نہ پگھہ

دأژ دریاو ژھونٹ کھ تریش ہیے یکھہٕ نہٕ مگر
زٕ نہٕ ہنٛد سرِ ہیہ تہٕ مشکھ سریہٕ ژہن از نہ پگھہ

ونتہٕ کینہہ زٕنی چھ اگر ہم تہٕ شرین أنن مشر
گری گھرس مشروون فقط ژھاپہ نشرن از نہ پگھہ

میٚنی نہ میی آسہ ژوہ واپاری ونس مامے برزٕ
جا لوز وُچھنہٕ لگن گلی ہتہٕ ژلن از نہ پگھہ

کوٚرِ کاکد چھُ پننیٚ سادٕ ہ سفیدی رٕژھران
رنگہٕ دریاو دِپان رنگٕ چھکن از نہٕ پگہہ

میانہٕ سفرٕچ یہ کہانی مہٕ لیکھو مشرٲوِو
میأنی پدی آکھ شٕرپن پوٗختہٕ وتن از نہٕ پگہہ

○

۱۹۷۴ء

○

صحرأوی لالہٕ سون کُن ہے یکھ تہٕ گل دِمے
سونبرٕو ومُت چھُ والشہِ مےٚ شبنمی شہل دِمے

بامن دِمےٚ، بہار دِمے، برگِ گل دِمے
سینکی لیکُ گلالہٕ چھُکھ تہٕ شہارک گہل دِمے

ھر گہہ بےٚ سوٕ کھ روحس نہٕ أزٕ ٹیک شب سکون دِی
مخملی غلافہِ منٛزٕ بہٕ پرہز لوٗن دُہل دِمے.

شامے تہٕ شوخ شامہٕ شفق ہیتھ تہٕ یکھ اگر
سحرک سبز سکون دِمے سرِ وٕ گُل دِمے

ہٕنگن دِمے امان دِمے اُوبرٕو دِمے
پہ پٕہ دی غبار ہرنہٕ اچھن کیٛت کزٕل دِمے

دِتہٕ دارِ کنِہ نظرٕ تہٕ وُہان زن چھنیہ شیشہٕ راتھ
یتہٕ خائِلی ازتہِ وُشنہِ خیالک غوسل دِمے

سیٹھہ ییٚٹھ لیکھن بیٚٹھ ژیہ عمر بھر "رفیق راز"
زُو جان دِتھ متے ونتہٕ ووٚن بیٚیہ کس شوغل دِمے

سنہ ۱۹۸۴ء

○

أچھر ژھاین چھ رسیٖل ماڑٕ شمان میانی سیتؠ
چارٕ دِیاٗنک یہ گلستان تہٕ وہان میانی سیتؠ

میٚنی چھُ ہُھرن تہٕ پیوان چار سو لیٚس پیٚہڈ اکثر
کاینا تس تہٕ تسلسل چھ پھٹان میانی سیتؠ

ہُتھ وٕنس منز چھیٚہ پرٕتھ اکھ ہٲرشٹھان فضہس منز
یَتھ ونس منز چھیٚہ پرتھ اکھ یارٕ لکان میانی سیتؠ

از تہٕ نایاب تماشہ چھ لگان ڈیر لگے
از تہٕ بے آب سمندر چھُ گرٕ لکان میانی سیتؠ

مشرقس لِش تہٕ مگر گونہ جدا زاہنہ اَفتاب
مغربس تام سفر طے چھُ کران میانی سیتؠ

طاہرس ازتہ چھیٔہ تنویر ونان میونٔے حال
ازتہٕ فردوس تہٕ عصمت چھہ دِیان میانٕی ستہٕ

پیا لنسٕے تام بھُتوٕ بینہٕ وجودٕک بھہلاو
آنتہٕ رٕوس شُنٕ چھُہ گھےلیوٕر ژہماں میانٕی ستہٕ

○

(مئی ۱۹۷۴ء)

میأنی کھٔ بوز تہٕ اسمان بلین والہٕ ھٹھر
تارکن ڈاکھ پھرتھ زونہٕ پھرن والہٕ ھٹھر

از تہٕ سُے خاکہٕ تمی ترٲیشہ تمی ترٲیشہ دزان
خوٗنہٕ دری یاو ڈیشتھ رنگ ژہن والہٕ ھٹھر

یتھ نہ مُتی آب ڈٔہی پوشہ چمن سٹرکہٕ شہر
مُوت زِ آخر چھُ موتے نظر ڈلن والہٕ ھٹھر

یُتھ نہ سُے آسہ رٲہچی مائے ولتھ آے وچھان
لوٗنہٕ ہندی پأٹھی شیچ ژھائے چھکن والہٕ ھٹھر

مُطلبکی پأٹھی شرٔپکھ یُتھنہ ہمین اَچھر پلن
کاغذس پیرٕ وُتھ تارٕ ترن والہٕ ھٹھر

شوٗر بوٗزٕ نہ لگے شوٗرٕ چھُ اندری یہ وُزان
خامخاہ گردِ پٕلکی پأٹھؠ پھٹٕن والہِ ہٹھٕر

واوِ گوٗ واو پٔنٕن تاو چھکان آسہِ پٔکان
ژٲنگی لیٖہِ سٟتی پٔنٕن ناو لیکھن والہِ ہٹھٕر

یتہِ چھ کینٛہہ لوٗکھ رفیقس تہِ اداکار ونان
میوٗن گفتار تہٕ انداز سرن والہِ ہٹھٕر

○

۔ (اگست ۱۹۷۴ءٔ)



چیٚمٕژ چھےٚ یارٕ کلٕبوزن یپاٚری ینٕنی ژھاے
یٚلن اندر رٕنہٕ بسِتھ پرٛانہٕ جنگلِچ اِژھراے

ظہور سپدِ خبر کیا نظر شہٹے یہ بُرہنے
سوالی چشمہٕ گوٚمژن منٛز الاوزالیتھ آے

دٕیوٚس کہٕنہٕ منٛز کینہہ بہ ہاوٕ باوٕ کُنھٕ
زبان ژالہِ نہٕ ہرگز اوٚ چھُ تماشہٕ کراے

وٕوٚنُتھ نہٕ کینہہ تہٕ مگر بوزٕ لوٚوٕ نفس وارا
کوٚرِتھ نہٕ کینہہ تہٕ مگر آوِلس دِلس اُنٛج گراے

مثالہٕ سپتھ ژٕ یتھن انتظار ونتہٕ کران
اٚتی کرٕ یاوٕ دفن اسہٕ تہٕ آفتابُک نیاے

مثال ازٕ تہٕ چھُ ساٚئنی دِوان خوداۓ ظہرِ
اُسے حرف بحرف آیہٕ آیہٕ لیکھنہٕ آے

گلاب وانِہ یلوٚ ہے بڑانڈ اوس واو چھلان
وِسکھہ تہٕ وسی زتیٖمی ہیرِ کنہٕ ژہ سرتاپاے

رفیق راز دٔ نِہ گو ہِیتھٕ تِتھٕ یہ غزل
وِدن فکرِ ترٕ نہٕ ورآئی بے واپہِ دی زیورائے

○

اپریل ۱۹۷۸ء

○

ہری لُوسنے بیٚنیہ میٚنہ ساوکھ تہٕ زن
سبزرنگہٕ متیٚ خاب ہاوکھ تہٕ زن

ژٕ اُسکھ تہٕ ژھاپی تہٕ روزکھ تہٕ ژھاے
پلن پربتن پان چھاوکھ تہٕ زن

ژینٚہ ماچھے وۄں چشمن چمکھ رٗوزٕ مٕژ
صدا بوزٕ ہتے پرزناوکھ تہٕ زن

ہلم تارکو سِتی ماچھُے برِہتھ!
نصف رأژ ہندی سیرباوکھ تہٕ زن

بہارٕکی شہلی رنگ ماچھی بدس
گولانٕچ ژٕرسج ژھاے ہاوکھ تہٕ زن

دِگر واتہٕ سرِیس چھہ اُخر ژھو کُن
ژٕ تا پری عمارتھ بسٲوکھ تہٕ زن

○

جون ۱۹۷۹ء

○

نہ کٔری زوٗنہٕ نخاشے نہ تارکھ میٚے ژٲلی
نہٕ دِتی وسہٕ وٕنن آبہٕ گراین میے زٲلی

دِلس منزٕ تہٕ اوُسس نہٕ پھولون صبح
اَچھن منزٕ تہٕ آسس نہ دزوٕنی مشٲلی

شماہ دوٗد نہ تتھ دارِ بیٹھ زانٛہہ میٚے ہٕتی
جماہ گے نہٕ تتھ ڈیڈٕہ تل زانٛہہ سوٲلی

ہوٚ کتھ یوٚس میٚے ونی مے چھبہٕ ونہٕ نے دِلس
ہوٚ کتھ یوٚس نہ وَنہٕ نی چھیٚے ونی مژٕ میٚے بٲلی

لفظ دژاو مانے پٔنٕن ژھارِ نے!
شہر زن تہٕ گامس اندر گوٗ وبٲلی!

اگر آسنس مانہٕ بخشُن ژٕ یتے چھٕے
ڈٕکس پٕچوٗنہٕ جَبر یا کنن لاگ وٲلی!

○

دسمبر ۱۹۸۲ء

○

خوش تہٕ خوشحال علاقن چھُ وہ باگشت کران
موہ تہٕ مس چینہ چھہ شونگھتھ ٹُکھ تہٕ خود اگشت کران

دُ ہٕ مہ پرزٔ ٹھوے زِ حیاتس چھُ کتین بیاکھ طرف
دُ ہٕ چھہ نیلان رگن منزٔ میٔنے دوا گشت کران

از تہٕ بیہِ راٗژ پلن پتمہٕ دوٚہک نُور ؤ ہتھ
از تہٕ بیتھ زگتہٕ صفس پیٹھ چھیہٕ زٔ ژاہ گشت کران

میاٗنی بستی چھیہٕ ہمن ترایشہ ہتین ہنز بستی
آب نایاب مگر آبہٕ صدا گشت کران

چون کیاہ تام ونتھ کینہہ نہ ونن میون سسنن!
زن تہٕ مدہوش گژھتھ سونتہٕ ہوا گشت کران

چھاوِ زن میون ہوس چانِہ شریرچ تہٕ پھُلے
پراوِ زن سپنہٕ تھزر دستِ طماہ گشت کران

یاہٕ تہٕ میٚی آسہٕ وُنُن کینہہ تہٕ اچھسہٕ چھیم نہ سمان
یاہٕ تہٕ وأناکھ ونس منٛز چھ ہوا گشت کران

بسترس منٛز تہٕ یمے برأنتی گرٛھان چھیم مےٚ گھے
آنگنس منٛز تہٕ اُوچھ خاب گرا گشت کران

شار کُنٛز تام وُنِھ جان مگر رازٕ ونے
از تہٕ چھُے میون مترٛ ضیُل طرزِ ادا گشت کران

○

سنہ ۱۹۸۱ء

○

زوٗنہِ گوٗ کاژھ ہِباشب چھُ سِیاہ
نالہِ منز گاشہِ ژِژا شب چھُ سیاہ

پھیرِ سِرِ سأے وتن کوٗچہ گلین
نیرِ ہِلکأری بتاشب چھ سیاہ

چھےٚ اچھن زتنہِ وٕزنی گتہِ یوان
آیہِ تن مھاوِلکھاشب چھُ سِیاہ

ذوٗرِ ہُتھ بڑمجہِ کُلِس آیہ زبان
نژرنہِ لجہِ لاشہِ ہِباشب چھُ سیاہ

کالدِس پیٚٹھ چھےٚ ژِژل جوٗیہِ لیکان
اُنگجہِ ٹینڈِی زألی تھکھاشب چھُ سیاہ

تارکن زاگ ہوان وُنہٕ تہٕ ژھُکھا
یارِ تل ڈیوٹھمکھا شب چھُ سیاہ

یان گوٗژھ لبنہٕ ینُٕ غم چھُ یتیُٕ
تاپھ گوٗژھ راہِ خدا شب چھُ سیاہ

پرتہٕ ووہنی اچھ ورٕے سوچنہٕ سپار
سرتہٕ ووہنی لَا تہٕ اِلا شب چھُ سیاہ

ہر یہ ماسمکھِ گہُل راز ونس
چھا اجازتھ بہ گژھا شب چھُ سیاہ

گاش ہا آو وتن متھنہٕ وُچھو !
دآرِ مثر راوُبا شب چھُ سیاہ

○

۱۹۸۵ء

چیٚنی زبٲنۍ ترٲشِہ داوِ دِلس کیا قرار یٲلی
رچھِنِۍ تھوٗن یہ ناپہ شبس مالکار یٲلی

بہ تہِ ہاوِہا کنٲن زِ کنیوٗ چھُس بہٕ زاٲنٛۍ کِنہٕ
کرتن وول سیٚ خراب یمٕس پٮ۪ٹھ میٚے عار یٲلی

رٔڈی زِلوٗ نہ میانی پانٹھی یہ اوٚبرٕچ کرٕلی زکاتھ
یمہٕ کوچہ کِنہٕ تہٕ تاپہٕ ہلم ہیٚتھ دوپہار یٲلی

گٔری لتو مثالہِ زوٗل ہنا تیز تر پہن
یوٚد وے رسولؐ آو نہ ملک الجبار یٲلی

وڈراوِہا بہٕ شٮ۪ینہٕ سرس منز بہٕ چشمہٕ جوٗری
وُہوٗن تماشہِ ہیٚتھ میٚے دٔ دیکھ بازی گار یٲلی

ژٕینکھ کیا ٲری میانہٕ وجودٕچ وُتاولی
داوس کیا ٲری گردِ غبارس شمار یٲلی

آسٕن بٔسن پنٕن تہٕ بہٕ ہتشکہٕ ہا یہ خوف بہ جُھم
ٲلمی کیٛن نہٕ میانِہ آسہٕ نہٕ کُے اعتبار یٖی

گوڈنیتھ سُہ ناگ یٖی زُوزان ییتھ چھِ ہکِی نہٕ شانُش
ادٕہ ییِہ سُہ برٕمجِہ کُل تہٕ کُلِس تل قرار یٖی

لوٚ ہسہ ماسہ کیٛنہہ ہیتا زِ کمس گو بیدار بخ
ودٕنی کنہٕ سہ وارِ کنہٕ سہ گلابس بہار یٖی

متہٕ ونِتہٕ کیٛنہہ ودٕن ہیُتہٕ نہٕ اچھن منٛز میےٚ شورِ آب
متہٕ پرٕزٕ دہ تہٕ کیٛنہہ ودٕن ہیُتہٕ نہٕ دٕھن ییتھ میےٚ نار یٖی

نظرِ اگر کری ژییہٕ بےٚ شُونکِس رفیق راز
فکری ترتی نہٕ لبکھنہٕ یوٚتامتھ سپار یٖی

⊙

اپریل ۱۹۷۸ء



میۓ تے وچھمکھ یمو چشمو ژیۓ ہیُو ہٹے ناہ دیان اوسکھ
دلوارس پنٚنہٕ نمو سائتن خبر کیا کیا کھنان اوسکھ

یہ وچھتھس ناژیۓ اوٚبرکی پردٕ ہنٚتھ سریس پتے لاران
ژ کیا ناپری وتن سیمابی آرس منٛز کران اوسکھ

سُہ وکھ ہتم دوٚرہ جنرکوت گے ژہ ہتس پتھ جھُم وُہان رم رم
ژ کوتاہ سوٚن نہ گوٚن اوسکھ میۓ کنہٕ رس منٛز دیان اوسکھ

کلُبن منٛز باگ ینٚمی ڈیوٹھکھ قدادر ژےٚ تمس باسیوکھ
ووں گو کینٛژ وکہے غائبتھ زِ ژےٚ یوتن ھَران اوسکھ

ژیۓ کیا چھُے پے سیاہ راژن مے جُری مے شولہٕ وفی نارکھ
یوٚناہنتھ تایہ زِ ژ ینٚیہ ہے لوٚتہ تامت آسمان اوسکھ

ڈُنکِس ہے آسہٕ ہکھ ہرگاہ سَنٛن پیٚیہِ ہی ڈٕکِس میائِن
سُہ موسم ڈۄل ژٕییٚلہِ یارٕ دی کتھن میانِن سنان اوسکھ

یہ گے ناسو یمِس دوشوٕنی اچھن اکھ نُور پٔژیٛڈان اوس
کٔلِس ڈۄل کیٛازِ لاگان چھُکھ ہمِس پیٚنٛٹھ ہاران اوسکھ

○

مارچ ۱۹۷۹ء

وۄنہٕ ہے زِ کُنی دأر مکانس چھینہٕ وچھکھ ما؟
دٕم پھٹٕ چھینہٕ عبارت میٚ لبن پننٕہٕ ژٕ پرکھ ما؟

پٔرژھمس ژینے چھُیاواو پھٔرس تل تہٕ دوٚپُن آ
دوٚیمس بہٕ اگر ژٕ پرٕی شما زالہٕ متکھ ما؟

یتھ سیٚندرِ پلس منٛز چھُ یُوٗک تاپھ ظٔہرٕ بند
ہر گاہ یہ سرُن پیوٚ میٚ نٕہ صف رأژراسکھ ما؟

ناگن چھینہٕ لگان تریشس ستارن چھُ پیوان اوٚن
دُنیا چھُ پتھے میوٚن ژٕ وُنی زٕس نہٕ بسکھ ما؟

یاگو میٚ ژٕہتس پیوکھ نٕہ یتھ شینہٕ ولس منز
کھوٗژس زِ اگر ناد بہٕ لائیے تہٕ شٹکھ ما؟

سأاأنی مرازس چھُ تُلن ہردِ ہوا ستی
لوٗرأنی گلابس میٚ پٔرژھن پیوزِ ہرکھ ما؟

۱۹۷۷ء

بانبر تہٕ کیاہ چھیہٕ نیندرِ ووتھن مأری موٚند ہوا
زز زرِس پننس چھُ تام ہلنُ یا ڈلنُ منا

تمہٕ رأژ آسہِ کلُو تہٕ ژھٹان نیوٚل نبوٚل نار
تمہٕ رأژ اوس زوٕ نہٕ وچھس نش تہٕ ووٚتھان بہہ

یَس گرٕیسی کورِ جود گرِنی ووٚن میےٚ بیرِ پٹھ
تَس گرٕیسی باپہٕ وچھ میےٚ چھٹل پوٚیہٕ منٛزٕ تہٕ کھاہ

موسم تہٕ ازچھُ ٹھیک خودا بس تہٕ دل چھُ ووٚتھ
پیےٚ چھا دُبارٕ تریشہٕ پیٛنم از تہٕ کُنہہ تما

وُنہٕ چھےٚ ستارہ مال ہٹس نألی تام شونگ
وُنہٕ مےٚ پرژھے زیور قدم تراوِ کر صُبا

یا گژھ نہٕ ووٚنی کزألی شبس نار کھےٚ جرِنی
یا گوژھ نہٕ شش جہات کرُن ژےٚ دوٚہس تباہ

۱۹۷۹ء

○

بہ چھُس نہ موت زِ دِپے لامکان چھُ آبے اَب
مگر میہٕ سوچہٕ پدٕرِن تُل وزان چھُ آبے اَب

یپاٹری کونگہٕ زمینس چھےٚ تیمبر جوہٕ پھٹان
ہپاٹری کتر زمینس بووان چھُ آبے اَب

یہ شینہٕ بال یہ تاپری وُڈرِ یہ نارٕ ووہ لرٕ!
خیالہٕ چانہٕ یہ دُنیا گرٕ ھان چھُ آبے اَب

ژٕ ھٹوی زِ ینہٕ دِماغک تہٕ ژونگ شولہٕ وُنے
ادے وُچھکھ زِ کمن گتہ کران چھُ آبے اَب

ژینےٚ مایہ لانہٕ لیکھِتھ چھےٚ ییس اندر ییرن
ژینےٚ برژوشٹھ شہر کُن وسان چھُ آبے اَب

سُہ ییٚمہِ پٔنہٕ تریشس لگیہِ تریش کاآنٛسہِ منٛجہِ نہٕ زٕہے
سُہ نارٕ ڈزاو خیالن منتھان چھُ آبے آب

دیپان فقیرِ خودا اکھ گوٚمت چھُ نارو نار
لبن دوٗسن تہٕ دِلوارن لیکھان چھُ آبٕے آب

توٗرُے پٔنہٕ فکرِ ژٔییٚ یوٚدوے صدأتہٕ بوزٕتھ نا
تمام لفظہٕ کھیٚین ہے گرٛبزان چھُ آبٕے آب

رفیق رازٕ چھُ ازکل تہٕ مُتی ورٕس اندر!
چھوان چھُ ریٚشہ تہٕ ریشُل سرٛیشہ سران چھ آبے آب

○

(۱۹۷۴ء)

پِہ دوٚہ نٕہ رامنٕہ، وٕرۍ رِہتھ چھُ ئِلی گمانٕہ پٮ۪نُن
کرٕان وُباٗلی گرہن منٛز چھُکھ چھِرۍ زمانٕہ پٮ۪نُن

وُہٹُن چھ زیرِ قیامت پھٹر مٕہ خاموشی
چھُ ونتہِ اچھہِ سمندر سران فسانٕہ پنُن

تَتُند ذہن چھ کُڈُرتے پَنُن خیال سوٚدُر
کرِیا گذار کنہن منٛز یہ شیشہِ خانٕہ پنُن

ژیٚلہ نہِ اُوٚنگجہِ تُلان ہتھوٚدنٕہ اد وزان سوٚرتے
گدپن اندر چھُ گومُت قاٗد شاٗدی یانٕہ پنُن

مٕہ ہتھو میٚے ژورِ گلابو اگر بہ چھُس لوٕ ٹیوٚک
سِرۍ زٕژن چھُ اُچھن تل لگے ٹھِکانہ پنُن

مُساٗفرانہ حبس چھُس دوان قیاٗمک برٕہم
وُداٗسی چارہ سوٚیس چھُس ونان مکانٕہ پنُن

میٔ کرِ شیٚہنہٕ ژھایہ چھیٚن جاے کُس سرِی بخشِم
بہ کیٚتھ کٔزِ آلی اچھن پٔھُس ونان ٹھکانہ بٔنِن

دِماغ میون مَہ پراٹھُن یہ گو ہواچیٚرُن
بنیوُس راز کرِ ہتھ اچھرٕ بُزی خزانہٕ بٔنِنُ

○

جون ۱۹۷۲ء

○

اَزی گو گمانہٕ چھُکھ ژٕ پرٛبز لوٗن خیال ہیوٗ
اَزی گو اترُ زِ نألی ژٕھنے اپھٕر زال ہیوٗ

اَسمان زنتہٕ چانہٕ شبانچ ملأے پلوٗژ
افتاب زنتہٕ میون ژھوکیو مُتھ خیال ہیوٗ

سأری نفر چھ دود پنن ہیتھ زوان مران
سورُے شہر چھُ باگہٕ لوٗرت ہسپتال ہیوٗ

بلی کینہ سہٕ چشمہٕ کھولہٕ دہم اژھہ بہ کیا ولس
بلی کینہ سہٕ اندرٕ آسہٕ سیاہ تل پیتال ہیوٗ

پربتھ کل کجاو مُولہٕ طوٗفانن نگریہ کیاہ
اکھ بزمچہٕ کُل کھڑا چھ تتی لس سوال ہیوٗ!

○

سنہ ۱۹۷۷ء

○

چھ مولوس ذٕہنٕچ بغاوتھ میٚۓ ناو
ژٕ چھکھ پرٕی یہِ شہرٕچ رلوایتھ میٚۓ کیاہ

بخشمُت میٚۓ پننین خیالن وجوٗد
ووٚں آسکھ تہٕ ژٕ میٚۓ ہش شباہتھ میٚۓ کیاہ

غرۄرن یہ تھوٚونس بےشونٕکے دۄہے
ژٕ چھکھ زاگہِ روٗزتھ قیامتھ میٚۓ کیاہ

ووٚں تُلی تن سُہ بُتھِہ پیٹھ سماجُک نقاب
زوٗزری تن دوٚہک تاپھ تامتھ میٚۓ کیاہ

میٚۓ پننے کلائک سُہ وۄشنیر روٚو
ژےٚ لجمٕژ وُپھٹن پیٹھ شکایت میٚۓ کیاہ

چھُ گومُت زمانٕک مےٚ اختاب نآلی
ژٕنۍ رآوے سو شبنمی نزاکت میٚے کیاہ

چھُ ماحول مینٛی باگہٕ آمُت کرُیٛہن
ڈاان چھےٚ خیالن ژیٚرٕ رنگتھ مےٚ کیاہ

سِری زوٗن تارکھ ہتہٕ تِیم راتھٕ دوٗہہ
چھِ گردش کران کہنٛدِہ باپت میٚے کیاہ

بہ لفظن اندر آڈراوان دُوہ کھن
ژٕ چھکھ کاٗئنٛشہِ رازٕ نظر افنتھ میٚے کیاہ

○

بالہ دامنٕ لالہٕ زارن کرٕز پریشانی چھُسے
چانہِ آنگنٕ لبکھنہٕ آمٕژ انیج واُرانی چھُسے

پیتمہِ پیارے صور اسرافیل تے ناگہہ وزکھ
اکھ الاٰہی خاب چھُس ازلے بہٕ لافانی چھُسے

میانہٕ ستین چھکھ ژٕ بر حق چانہٕ ستین بہ چھُم ظہور
چشمہِ حاٗرتھ چھُکھ ژٕ سرتاپاے حاٗرانی چھُسے

باسنس بینس لکاراں چھُکھ زباٗنن کریوٗڈھ چھِے
آسنس میانٕس لکاران چھکھ زباسانی چھُسے

زوِن تابان اُسی تن تارکھ ژھوکیمتی اُسی تن
یوز اگر لوزکھ بہ شامس بأگی راوآنی چھُسے

تارکھاہ اکھ تارکن منز چھکھ دِیی کُس ژیوٕنی
باگہِ چھُم آمُت وجودُک شب تہٕ مازآنی چھُسے



۱۹۸۹ء

○

دٔویمس کلام کرٕنۍ ھران چھِ کیتھن گوٚلاب
ژھوٚپ دٔوپ نظر تُجِن ہٕنۍ پھٔلتھ آیہِ زن گوٚلاب

پریڈان چھ قطرٕ قطرٕ اچھو کِنۍ میٚے ونتہِ سونتھ
دِمہٕ تس بہ وٕنی یپاّرۍ تیاّرۍ پھیوٚلن گوٚلاب

ٔبلی کین ژٕ لاجواب گرٛھکھ حاّرتن گرٛھکھ
بلی کین ژیٚنے ہرٕ دِ واوٕ نھوٚی آیہِ تن گوٚلاب

یمہٕ ؤریہ کاّنٛسہِ یاد ژٕ آسکھ نہٕ بیو متُے
یمہِ ؤریہ پھٔلی نہٕ گامہٕ ترٕ برُزلی پیشن گوٚلاب

ژیتھۍ کِتھ چھ چانہٕ دادِ پریشان چھِ سر بسر
موسم، ہوا، سکوت، صنوبر، چمن گوٚلاب

وُچھ ہس مُدے گُنڈِتھ نۂ زنزری تن یہ سَر بسَر
باسان چھُ زنتۂ پورہ میٚے زاگان ہِتن گوٚلاب

لتس واتہٕ ہن نۂ کینہہ تہٕ مگر میٚے گینیو ششکھ
مُشکس سنان چھ دوٚہلہِ ششبس ماسرن گوٚلاب

○

سنہ ۱۹۹۰ء

○

یاد چھُم پچھون شرارت کیا گوم
میون آسُن چھُ کرامت کیا گوم

زوِن تارکھ بہٕ وٚوان کراوُسس
راتھ ووہ پدِ سے یہِ قیامت کیا گوم

واریاہ کاٲلی اٲچھن واتشس کجام
لوتہِ پشیپے یہِ ندامت کیا گوم

راتھ بیٚلہِ پان پنُن پرکھوٗوم
کٔرِتھ ووہ شلے یہِ صداقت کیا گوم

چانہِ اہنارٕ گرے یوٚم پھو تلا
تس تہِ گے ناٲلی نزاکت کیا گوم

لفظ آمتی چھ سیٚکتان چھأ وِتھ
یُتھ نہ ژٕ ہہ نے وِدہِ ل طراوت کیا گوم

یاتہٕ کوٚڈہس نہٕ یمو اَچھرو . لوٚن
یاتہٕ پٔرٕ ھتی نہٕ عبارت کیا گوم

یلٔت کالاژٕ زمانَس کھوٚژِکھ
یاتہٕ وُچھکھ زِ لوٚتنامت کیا گوم

رازٕ مانٕزٕ وِدہِ ل گرٔ ژھم لوٚو گوسمانہٕ
لفظٕ برٕزی گے مئےٚ فصاحت کیا گوم



مارچ ۱۹۷۳ء

۲۷ اپریل ۱۹۷۹ء کہِ تأریخہٕ چھ نذیر جہانگیرنہٕ ناوٕ پننس أکس خطس منٛز جناب علی محمد لون لیکھان :-

"بہٕ چھس ٹاہرس خیالس شأعری ہنٛد قألب دِنہٕ وول پرٛیتھ کانٛہہ نوجوان چھُنہٕ رفیق رازٕ بنِتھ ہیکان۔ تمہِ خأطرٕ گژھہِ رفیق [illegible] علم تہٕ تمی سٕنٛز حلیمی تہٕ سارِوٕے کھوتہٕ تمی سٕنٛز فنکأری تہٕ [illegible] آسٕنۍ۔ خُدا تھوٕنۍ رفیق رازَس سلامت۔ تمی ہیوٗ [illegible] اَکثر بزرگن تہٕ بزعمِ خود بڈٕین شأعرن ہِیُہ نہٕ شأعرانہٕ [illegible] ستی ہمیشہٕ خأطرٕ محفلہٕ لُپھکھنہٕ۔ یتھٕ چھُہ کمال یِہ [illegible] زِ ہے اَسہِ لۆکٕ جوانن چھِہ یِم بڈٕ تہٕ برٕٛیتھٕ متہٕ شأعر تھووٕ کران تمس منٛز اوس علم تہٕ فن شناسی تمی پھُٹہٕ راوٕ دِمُو ستی سأری بڈرٕ۔"

۲۷ اپریل ۱۹۷۹ء

علی محمد لون
سوتہٕ وار

---

جناب علی محمد لون سٕنٛدین یِمن تأریفی کلماتن شائع کرُنک مُدعا چھُنہٕ میٲنۍ پانس شاباش کرناوُن۔ بلکہِ چھُس بہٕ لون صأبنۍ یِم الفاظ یتھ کِتابہِ منٛز تبرُکاً درج کران

—— رفیق راز